صَف گُنڈِتھ وَر دِین اَندر ساری — تَس لعینَس کراں پرستاری
وُچھ خلیلَن تِہنٛد سُہ حُسن وجمال — لو تہِ لو تہِ ماجہ کُن کوٚرُن یہ سَوال
یِی وٲنُن تَس مٲنٛے بادائے مادر — تختہِ ہِسے بیٹھ چھُ کُس یہ بد منظر[۱]
اَندی اَندی کمِہ چھہ یِم اَمِس کُن رام — خوبصورت تہِ تازنین چھہ تمام
ماجہ وٲنِنَس چھُ یِس بجرُسی زَر — رَبِّ اعلیٰ یِہُے چھہ باوَر کر
چھُکھ وُچھاں یِم ژہِ گردِ تخت بپا — چھس یِمے بَنٛدِہ کٔری اَمی پیدا
زیرِ فرماں چھہ رات دوہ قایم — بَنٛدگی یِم اَمِس کراں دایم
ماجہ وٲنِنَس یہ کتھ پٔیے تفہیم[۲] — دَر تبسم سَپُن سُہ ابراہیم
سوی مادر وٲنُن بنیوٗوے کیا؟ — یہ لعین لایقِ خُدایی چھا
رَب اگر آسِہ ہے ژہِ بوز یہ کتھ — آسِہ ہے پانہ کیٛازِ بدصوٗرتھ
خوبرو چھم بنٲوی مَتی توٚکر — شَکل پانَس اَمِس سیاہ بَتر
عَقلِہ ڈٲلِہ مَتی چھہ تِم گٔمتی گمراہ — یِم نمان چھس یِمو بنوو الٰہ[۳]
ماجہ بیٛلہ بوز مثلِ آب سپنی — ژھوپہ تَس گٔیہ تہِ لاجواب سَپنی
ترٲس گَچھتھ دراہ ہیتھ تمِس برٛاس — گوس وسواس زنتہ گوژھُن آس
گَہر وٲتتھ سُہ شمعِ دِل افروز — یوٗد دَریاد و ذکرِ حق شب روز
اوس آذر ملازمِ دربار — پوتلی گرنَس اندر سیٹھاہ فنکار

---

۱. بدصوٗرتھ ۲: فِکر تارنہ خاطر ۳: معبوٗد

| | |
|---|---|
| پۆر ابلیس تس سوار گومت | وات دوہ اوس مژکار گومت |
| سخ نمرود مُشد دلس تس بیم | دوٗر روزاں توٗ یہ ز ابراہیم |
| بُت پرستی اندر سو یُٹھ محکم | پر ژ تفسیر[1] سورہ مریم |
| کہ دوہا گوٗ بغیر خوف و خطر | گوٗ مخاطب خلیل با آذر |
| بابہ چھم علم مان میانی کنھ | بن منے پارو نہ ماو ہے سیٹر وتھ |
| یم نہ بوزان وچھان چھ یم بے سوٗد | کیاز پوتلین ژ چھکھ ونان معبوٗد |
| بابہ متہ بنتہ[2] بندہ شیطان | زان شیطان چھ دشمن رحمان |
| وارہ پتہ آذرن تھوون اتھ کن | خشمہ کے نار زن دزس بن ہن |
| ونن نوگ تس اگر نہ پھیر کھ پوت | رجم پانے کرے گژھکھ اد کوت |
| تمی سلاماہ کرتھ وونس باادب | ژھاہ نہ مغفرت ژ ے کیت از رب |
| اکہ وزہ پول تمی سہ وعدہ قرار | اتھ ہیور کن تلہنی باستغفار |
| دوپن یارب منے اوس گمرہ مول | گول شرکن منے ظلم تمی سند ژول |
| مغفرت کرتہ تس دعا بوزم | وعدہ دتیمت چھمس رضا روزم |
| گوس آلو روا چھنہ مطلق | مغفرت مشرکس بنیا از حق[3] |
| یام تس پیٹھ یہ نوکتہ گو روشن | چھے سہ آذر خدایہ سند دشمن |

---

۱ اشارہ بآیۂ اِذْ قَالَ لِاَبِيْهِ آزَرَ اَتَتَّخِذُ اَصْنَامًا آلِهَةً (القرآن)

۲ يٰاَبَتِ لَا تَعْبُدِ الشَّيْطٰنَ اِنَّ الشَّيْطٰنَ كَانَ لِلرَّحْمٰنِ عَصِيًّا (القرآن)

۳ فَلَمَّا تَبَيَّنَ لَهٗ اَنَّهٗ عَدُوٌّ لِّلّٰهِ تَبَرَّاَ مِنْهُ (القرآن)

دست بردار گو زِ استغفار | رٔود ہر دم تہٕ شرکہٕ نشہٕ بیزار
آو ضمنَ یہ نوکتہٕ در تحریر | یوز آمہٕ بڑونٹھٕ پی چھ در تفسیر

## خلیلؑ و مصلحتِ بُت شکنی

اکہِ دۄہہ تاگہاں رواں دواں | ژاو بُت خانہٕ ہسے اَندر پنہاں
اَسی دُستھ پوتلہِ زِ نقرہ و زر | بُتکدس منز جٔریتھ زِ لعل و گہر
خشمہٕ ہوت ژاو ملتکُ رہبر | آو قومس اندر بغیر خطر
پڑھنہٕ لوگ مُشرکن منے وُنی تو راز | کیاز پوتلین نمان چھوٕ بہٕ نیاز
تورہٕ دۄپہس تموٕ کہ اے گلفام | رسمِ اسلاف پی چھ نوٗن از تام
چُھکھ ژ یتھ معترض یہ چھا نوٗ کتھ | اتھ مہٕ سن پی چھ آمٕتن پتہٕ وتھ
وۄن خلیلن! تمن بتس پیٹھ صاف | دتہٕ ڈٲلہتی چھ تم تہندی اسلاف
بت پرستو یہ کتھ ژھنکھ کتی ئچ | گیہ دم چُھٹٕ اندری سیٹھا ژکھ ہتی
مشرکن اوس اکھ پننٕ تہوار | جایہ اکہِ ہسے دہری سماں یکبار
کفر کی رسم اسی پالاٗنی! | تم بتن ستی بان گالاٗنی!
تس خلیلس سیٹھاہ کور کھ اصرار[1] | ماکہٕ وچھنے چھ ازٕ ژیٕن ناچلر[2]
پی وۄنکھ تس یکہ ژ یود ابہٕ ستی | سناتہٕ رسمکر وچھکھ عجائب کیتی
در تفکر سیٹھن تہٕ ابراہیمؑ | حیلہٕ اوٚنکہ بہٕ چھس علیل و سقیم[3]

---

[1] تاکید۔ [2] لابدی [3] بیمار

چھُمنہٕ تتھ جایہ وٲنگ رفتار — یمہ کِتھ پانٹھ چھُس بہٕ اَز بیمار
مٲلِچے جایہ وٲتی تم گمرٲہ — گوٚ نہٕ ہمراہ تِمَن خلیلُ اللہ
آیہ فُرصت خلیلِ رحمانس — ژاو تِمکھ ہیتھ سُہ مَنز پوتلِہ خانس
سوٗر پوتلِبن کوٚرُن بہٕ ضربِ تبر — فجعلھم جذاذاً قرآن پرُ
ریزہٕ ریزہٕ کٔرِتھ کرِنی نابوٗد — بوٚڈ پوتلُ اَکھ فقط تھوٚوُن موجود
سے تبر ییلہِ تمِس تھوٚون بردوش — اَز صنم خانہٕ[۱] دراو صاحبِ ہوش[۲]
حِکمتٕکی نقش مُشرکَن ہاوِنی! — باطلکی پرٲنی نقش نِہناوِنی!
جشن موکلِتھ ییتھے گھرن کَن درایے — بُت پرستی کٔرِتھ سیٹھاہ تم آیے
ناگہاں بُرد نِشہِ پیو تِمَن شیطان — لبل کراں تہٕ وَداں بشورِ فغان
تَس دوٚنکھ تھوٚو قدم اَتِس کرزہن — کیاہ صدم وو تِمَت ژرِے چھُے تی وَن
تمی دوٚنکھ تورِ بادلِ رنجوٗر — گوٚ تھِہنَدِن خدایہ نے اَز سوٗر
آیہ لاراں سنیٹھا سینی حٲران — یام ڈیٹھکی پوتلِی گمتی وٲران
اَکھ اَکِس پرژھنہٕ لگی بہٕ گمراہی — کمی سنا[۳] کٔرِمِن یہ بد خاہی
یانہٕ وٲنی یِہ کِتھ کٔرِکھ تسلیم — نوجوان تَس وَناں چھہ ابراہیم
آسِہ کوٚر مُت تمی یہ کار ضرور — رُود جشنَس اَندر سُہ ییٚنہٕ نِشہِ دوٗر
جاہلو گوش ییلہِ کٔرِکھ سُہ خبر — ژن بھگندر ژِنکھ زِگن اَندر
مَنگہٕ تووُکھ سُہ بانیِ ملت — پیش نمرود نیوُکھ باہیبت

---

۱ بُت خانہٕ نِشہِ ۲ مُراد حضرتِ ابراہیمؑ ۳ قالوا من فعل ھذا بالھتنا (القرآن)

اوس دَربارٕکۍ یِمہٕ ہے دستور — سُجدٕ نمرودٕسے کورُن گوڈٕ پور
یُس اَکھاہ تُس نِشہٕ یِوانی اوس — اَتھٕ وُن سُجدٕ تُس دِوانی اوس
ژاوییلہٕ تَس نِشہٕ سُہ پاک لِقا[1] — سُجدٕ تعظیمہٕ کُے اَدُن نہٕ بجا
حَسبِ دستوٗر تمی کورُن نہٕ سجوٗد — آو دَر خَشم سنگدِل نمرود
اَز بَراہیم پرٕژھنہٕ لوٗگ لغضب — کیاز ترووتھ نہٕ سُجدٕ بہرِ ادب
تمی دوٗنُس یوٗراۓ شَہہ بے رائے — لایق سُجدٕ بَس چھُ میون خداۓ
تَس سِوا کانٛسہٕ یہٕ نمان چھُس نہٕ — اقتدارس یہٕ کینٛہہ بَرمان چھُس نہٕ
لوٗگ لعین پرٕژھنہٕ تَسٕ ہیبتٕ قہر — کُس چھُ چونٛے خُداۓ اندر دَہر
تمی ووٗنُس رَبّی الذی یُحیی — وُ یُمیتُ چھ تَس صِفاتِ جلی
میون مولیٰ چھُ تیتھہٕ عظیم الشان — زِندٕ کرِ وُن تہٕ مارِوُن بجہان
یا بَراہیم دَپنہٕ لوٗگ بدبخت — زِندٕ کرنُے تہٕ مارنُے چھا سخت
بی وَنتھ چاکرن دیُتُن فرمان — قیدی جوراہ اَنیوکھ اَز زِندان
پَننہٕ جہلکُ یہٕ بوڈ زھلا ہووُن — اَکھ کورُن کُشتہٕ بیاکھ یلہٕ ترووُن
گُر لعینن یہٕ چالبازی تمی — بیاکھ حُجت پھِرِتھ خلیلن اَنی
بی ووٗنُن تَس چھُ میون رب خالق — آفتابس[2] انان چھُ اَز مشرق
طرفِ مغرب ژٕ کھارتَن الحال — ییہٕ اَندر نظر مۓ چون کمال

---

[1] مُراد حضرت ابراہیمؑ۔ [2] اشارہ بآیہ رَبّی الذی یأتی بالشمس من المشرق۔

گوٚس ملعوٗن پیٛ بوٗزتھ مبہوت[1] کاتھہ جواباہ ووٚنُن نہٕ پیوٚ یہِ سکوت[2]

آو جبریلؑ نزدِ ابراہیم شیٖنچھ اَنِنی تَس زِ بارگاہِ کریم

یوٚد بجُحجت وَنی پیٚہ دُشمنِ دیٖن مَشرِقس کُن اَنُن ژِ مہرِ مُبین

اُستادِ چھییہ قدرتِ باری کرِ بے شک سُہ دوستس یاری

معجزس چانٛی سپدِ بنِتھ تائید گژھِ اَز طرفِ غرب نوٚن خورشید

چھُے وَنان رب یہ چانہٕ بابتھ پوٚر بَدلاوَن سُہ فِطرتُک دوٚستور[4]

مختصر سُے سِتمگرِ کاذِب[3] گوٚ نہٕ امہِ قِسمہٕ معجزک طالِب

آفتابس زِ مغرِب معروٗف تا قیامت کھسُن سپُن موقوف

جاہلو پرٛژھو تمس بمجلِس شاہ وَنتہٕ پوٚز پوٚز یہِ کار ژےٚ کوٚرتھا

وُچھ عبارت تہٕ در قرآن حکیم بَرٕ اَنتَ فعلتَ قولِ کریم

تمی دوٚنکھ لا تہٕ سیتی بَل زِ نہار آسہٕ بڑی ہوی بوتلِی یہِ کوٚرمُت کار

وُنہٕ بر دوش سُے ژٹِتھ چھُہ تبر پرٛژھتو تَسی تُہے وَنَن سُہ خبر

تورِ دوٚنہس ژیُتھ بہانہٕ مہٕ ژھار ژےٚ خبر بوتلِی چھِنہٕ کران گفتار

بوزِ وِنی کُن تِمن چھِنہٕ اصلا نہٕ چھہ تِم کانہہ کتھاہ کران اِملا

تمی دوٚنکھ یُس اکھاہ نہٕ بوزِ کنو کتھہٕ پاٹھِن تمس خُدا بے وَنو

چھُس یہ تہندِ بُتن کران تردید چھا یِمن منز مجالِ گفت و شنید

---

١۔ حیران ٢۔ خاموشی اندر

٣۔ مُراد چھِ زِ یہِ کھالن آفتابہ مغربہ کہِ طرفہٕ۔ ٤۔ ظالم اَپزیور مُراد نمرود.

رَب وَنان چھوکَنین بغیرِ شعوٗر — نَمہِ اِنسان تِمَن یہ چھا دستوٗر
کیٛاہ چھُ توٚہہِ نفع اَز بُتہِ بیجان — لایقِ بَنٛدگی چھُ حق سُبحان
کاٗفرو بوٗز یێلہِ کلامِ خلیل — گیہِ عازمؔ[1] بہٕ اِنتقامِ خلیل
اَز جواب وسوال گےٚ یێلہِ تنگ — بَہرِ قتلِ نبی کوٚرکھ آہنگ[2]
آکھ پی مشورس اَندر اکثرَ — گژھ زالُن یہ ناہس اَندَر
پانہٕ وانی دیتکھ اَکس اَکھ ناد — شوٗبہِ معبوٗدنے کَرُن امداد[3]

# آغازِ انتقام ــــ ابتلائی خلیل[4]

پی چھُ ثابت گوٚمت زِ اہلِ علوم — تی چھُ کوٚرمُت مُفسِرو مَرقوٗم
اوس نمروٗد سنگدِل بے عار — تمیٛ تنوٗرا بَنووُمت پُر نار
شیٛتروٗ سے تنور پُر آتش — زَھڈٕ ماران سہ پوٗر دوزخ وَش[4]
گژھ ہے یُس اَکھاہ تمُس مغروٗر — اُسی زالان تِمُس میانِ تنوٗر
بوٗز یێلہِ تمیٛ خلیلہِ تُند سہ بَیان — چاکَرن کُن تِتھے کوٚرُن فرمان
پی وَدُن باکمالِ ہیبت و بیم — تراٛوِہُن دَر تنور اِبراہیم
چاکَرو نیوٗ رُٹِتھ بظُلم و ستیز — دیتکھ دارِتھ میانِ آتش تیز
نارہس مَنز بفضلِ ربِ جلیل — وَوت نہٕ کانْہہ خلل یہ جسمِ خلیل[4]

---

[1] آماد۔ [2] اراد۔ [3] اِشاره بآیہ کریمہ۔ قالوا حرقوہ وانصروا آلہتکم۔ [4] جہنمکر پاٹھی۔

گیہ شرمندہ مُشرکان شریر　　بیٖیہ سوچتھ کوٗرُکھ بدل تدبیر
یُتھ کرشمہ وُچھتھ رٹُکھ نہ ہین　　قاد تھوٗوُکھ کرِتھ سُستن ورین
مُدتِ حبس[۱] یام گو اِتمام　　مصلحت بیٲکھ مُشرکن بیٖیہ تام
بہر تعزیر کوٗر تمو تدبیر　　نارِ کنگس اندر کرُن پزِ گیر
روزِ یُتھ بڑوٗنٹھ کُن یوہے عبرت　　ہیکہ نہ کانہہ اکھاہ کرِتھ جرأت
پیٚو یوہے مشوٗرہ تمن مقبوٗل　　ہر طرف نامہٕ ہا کرِکھ مرسوٗل[۲]
طبلہ[۳] وایِکھ برائے شہرتِ عام　　ڈیٖتکھ شہرن اندر یہے اعلام
بادشاہس اکھاہ چھ نافرمان　　سُہ چھ زالُن در آتشِ سوزان
بنہِ یُس بندہ آغہ سُند سرکش　　تس تہِ آخر دزُن چھ در آتش
دراہِ مُشرک دِلاوری ہاوِکھ　　زالنچ جاے منتخب تھاوِکھ
شہرِ کوٗفس نکھہ چھ مادانہ　　ناو کوٗثی عجب بیابانہ
اوس تتھ طول و عرض[۴] نو فرسنگ　　تتھ اندر ییتھ زِلنس بنوٗوُکھ کنگ
گوڈٕ اندی اندی بنوٗوہس دیوار　　ژورِ طرفہ کوٗرُکھ بلند تیار
جنگلو منٛز کلہ ژٹِکھ بسیار　　گئے رٕتس منٛز زِلنس بنیتھ انبار
گیو تہِ بییہ تیل روغنِ زیتوٗن　　پیٹھ ترٛووُکھ زِلنس زِ حد افزوٗن
مشوٗرا کوٗر تمو سمِتھ یکبار!　　کمہ تارِ یِچھ ترٛاوُن در نار
وون وزیرن تمس لعینس ژھل　　جامہٕ پینہٕ نئے زِ نالی ترٛاوُس جل

---

۱ قاد خانگ مُدت ۲ روانہ ۳ ڈھنڈور ۴ ذیچھر تہ کھجر۔

تتھ اندر پی سبب چھ آخر کار    چھم گمانہٕ یہ ما دزی نہٕ بہ نار
نالٕی ییلہٕ آسہٕ تس پھیرن چونے    سُہ بچھتھ توتہٕ لوکھ پھیرن چونے
پی وَنَن تم تو‌ٚے یہ دوّد نہٕ مگر    جامہٕ شاہ اوس تس در بر
یوّد ژٕ تھاوکھ نہٕ نالٕی تس جامہٕ    سُہ بچھتھ لوکھ ژٕنیے دِنیے پامہٕ
مختصر برگزیدہ رحمان    چاکرو اون گنڈتھ سُہ از زندان
سِیتی تس آسی قادحانکی ژٕژاکی    جامہٕ نمرود شُدد ژھنک تس نالی
دست و پا بستہٕ تس گرکھ برسن    غُل و زنجیر برسرو گردن
آیہ نمرودیاں شُمتھ یکبار    کوٗتیس منز ہیوتکھ زٕنیس دٔزن نار
نارٕچی رینہہ سِیٹھا پھینی بالا    ژھیٹھ رِتھ وٲژ تا عنان سماء
تمہ پیٹھہ جانور وُچھاں یوّد گے    جوشہ سِتین تتھے دزتھ تم پیٔے
نارٕکی شعلہٕ ہر طرف گے تیز    شور تمہ کے سپن شرر انگیز
پتیے بحیرت تہٕ کینہہ لیکھ نہٕ سبیل    کیتھ تراووٗن اتھ اندر سُہ خلیل
او شیطان میانِ قوم لیٖم    منجنیقس تمی کرکھ تعلیم
نارٕ کنگس نکھہٕ پتیے نمرود!    اُس شُنگین عمارتھاہ موجود
بامہٕ پیٹھہ بگفت آں مکار    تورکہ چھانو کرکھ سو پھینپھٹھ تیار
ژور ہیتھ باگڈور اَنناوِکھ!    بستہ شیشتر کرین اندر تھاوکھ

---

لہ۔ نالی۔ ۲ہ مراد حضرتِ خلیلؑ ۳ہ رزٕ سیتی ۴ہ آسمانس تام ۵ہ تنبرٕ تلن دول۔
۶ہ۔ فلاخن۔ پھینٹھ۔

آیہ اَرداہ نفر کٔرِتھ ہلہٕ    کوٚر تمو راست پھیٖنچہٕ ہٕنٛد پلہٕ
رٕزِ تمہٕ چے رٔٹِکھ اَتھن مٕنٛز ہٕنٛد    اوٚنکھ پیغمبرؑ سعادت مٕنٛد
پھیٖنچہٕ ہٕنٛدِس پٔلِس اندر تھووکھ    بہرِ عبرت شہ سارِنے ہووکھ
مٕنٛزبرِ کو ہر طرف ہیوٚتکھ تمہٕ نٕے    ہیوٚتکھ ژوٚرن ہٕتن رٕزن لمہٕ نٕے
او آذر خلیلہٕ شندٕ ے مول    اوس در سینہٕ کینہٕ تس ژٔر کول
تمہٕ تہٕ رٔٹ اَکھ رٕزاہ پیچ در دست    ژاو منٛز کافرن شہ کفر پرستؑ
ووچھ خلیلن رٕزے لمان آذر    اَتھہٕ ہیوٚر کٔرٕ تُلن سوے داور
دوپُن یارب ژٕ چھکھ مے واقفِ حال    دِہنہٕ کیو دُشمنو کورُس پامال
چھُنہٕ مالِس تہٕ میون پوان عار    شہ تہٕ بے وایہ چھم لمان خونخوار
حال معلوم چھے مے کیاہ چھُونُن    جسم و جان چون چھم مے کیاہ چھُونُن
رٕنجہ نووُس یہٕ دُشمنو بیکس    ڈٕنجہ دِل تھاوٕم مے چھم تی بس
یاد چون مے چھم دِلِس منٛز پور    چانی مرضی یہ آسہٕ چھم منظور
تھاو ییتھ کٔن ژٕ میانی رٔژ شہرتؑ    مے بنہٕ اوم ژٕ وارثِ جنّت
مدعا مُشرکو لُوٚمکھ یکبار    پھیٖنچہٕ پیٹھ پھو خلیل اندر نار
اَکھ گراہ برو تھہٕ ہیتھے تیاری گے    ملکن سخت بے قراری گے
دوپ تمو ربنا عنایت کر    تس خلیلس پننی حفاظت کر
در جہاں چھے یہ پیکر تسلیم    یا وفا بٕنٛد چھے ژٕ ے ابراہیم

---

۱ یعنی حضرت ابراہیمؑ ۲ مراد آذر ۳ اشارہ بآیہ کریمہ واجعل لی لسان صدق فی الآخرین

یہ اُکُے بَنٛدِ چھُے برٛوٗے زمین
گیر دَرچَنٛگِ ظالمانِ لعین

یہ گُنیٛ زون چھُ دِتھ کُنِس اقرار
گوٚ ژھنیہٕ ہرگِز دَزٕن یہ اَنٛدرٕ نار

یوٗختیٚ سخت[۱] چھُس یقینَس مَنٛز
نوٗرِ احمد چھُ تَس جبینَس مَنٛز

آکھ آلو زِ بارگاہِ قدیر!
عَقلِ والیو ذرا کرِو تأخیر

یہ چھُ لوٗلُک تہٕ ہِمتُک نوٚو رَنٛگ
یہ چھُ عشقُس تہٕ عَقلِ وِتھمت جَنٛگ

توٚہی کرِو آزماوٕنٛچ کوشِش
دوستُس میٛانِس سپدِ کرِو پرستش[۲]

نارٕ سے مَنٛز کرِو رفاقت تَس
وارٕ پزٕ ژھتوس کیاہ چھُ حاجت تَس

بوٗزِ تھِے نارِکُے موکل آسِ
کہ اے خلیلِ خدا مہٕ بَرٛتلواس

چھُے ژٕ دِیتِمت حقَن سیٹھاہ تھوٚد شان
ملکِ اَبرٕ چھُس دِیو فرمان!

اَبرِ مَنٛز بہٕ تراوِ تیٚتھ ہیوٗ روٗد
ژھیتہٕ یُتھ سیدِ آتشِ نمرود

وونٛ خلیلَن تِمس ژٕ بوز عیان
رَبہٕ سُنٛد چھُس یہٕ تابعِ فرمان

سُہ تِمِس نِش جواب بوٗزِتھ دراو
توٚہ یتہٕ داوِکُے موکل آو

تِمی وونُس اے خلیلِ پاک نہاد[۳]
روزِ دِلشاد چھُس موکل یاد

یوٚد مے تجویز دِکھ بہٕ سوزَن داو
تراوِ چھکرِتھ زِلُس ژھیٚوہس جلاو

تَس وونُن اے ملک ژٕ گرژھ وٲپس
دادرَس چھُم مےٚ پانہٕ مولیٰ بس

یام گوٚ داوِکُے ملک رُخصت
تام گوٚ بیٚشاکھ حاضرِ خدمت

دَپنہٕ لوٗگ اے اسیرِ آتشِ تیز
کَرَ نظر نارِ چھُے شرر انگیز

---

۱ مضبوطی ۲ پرہیزگار ۳ نیک سیرت

چھس مؤکل کوہن ہندسے ز خدا — دم اجازت کرے بہ جان رضا

کوہِ بابل تُلتھ اَنن بشتاب — چاٹنی دُشمن کرکھ بہ لحظہ خراب

تمی دوٗپُس کرِ دِفتے تمیک تجویز — چھُمنہ مطلب بجز خدا کانہہ چیز

آسے کم کم اکابرِ ملکوت ! — از جوابِ خلیل پیئے سکوت

شہ سرافیل وحضرت میکال ! — ڈرائے تس نش کرِتھ تفحص حال

گانسہ ہُشدسے مدد گرُن نہ طلب — گوس حاصل رضائے حضرتِ رب

نار ییلہِ تیز گو یمین ویسار — آس جبریل بہر استفسار

دوٗپنس اے دوستدارِ ذوالعزت — وَن منے نش کیاہ چھے دِلک حاجت

تورِ وونس کرِ اے امینِ وَدود — چھُم ولیکن ژے نش وَنُن کیاہ سود

یُس چھُ مولا منے رازدانِ مزاج — سُے چھُ حاجت روائے ہر محتاج

چھُم شُلُک یار سُے دِلُک محرم — حسبی اللہ ربی الاعلم

تمی دوٗپُس مَنگ دُعا کرُس ژِ سوال — تورِ دوٗپنس سُہ چھُم منے واقف حال

گنگ و لالس اگرچہ چھُس نہ زبان — غائب النس مگر چھُ حال عیان

درجہان یُس چھُ زیادِ تس نش ٹوٹھ — پانہٕ گو رُمت چھُم تمس کُثیت کوٹھ

دوستن دوست یود لوٗدِن در نار — کلہ پھرنس ژِ ونتہ چھا تس وار

آسہِ یوٗد دِے دِزُن منے در آتش — برضا چھُس بہ تتھ نہایت خوش

یارِ ہشدِ نار چھُم پژر زُون نور — خاہش یار چھُم دِلس منظور

پۆر ییلہِ گوٗ خلیلہٕ سُند تسلیم — آو نارس کنٛنہٕ ندائے کریم

بَر براہیمؑ سٔرد گژھ اے نار[1] — یُتھنہٕ واتیم مِنے دوستس آزار

ناگہاں گلخنس تہٕ[2] سپُن گلشن — پھٔلی چمن زار تتھ چھُ باغ عدن

دزٕون نار گوٗ بنیتھ گلزار — رنٛگہٕ رنٛگہٕ پوشس تتھ پیٚو اظہار

آروٗل تہٕ تھٔنہٕ وٗل تہٕ ینبرزل — ہی تہٕ اچھ پوش لالہ سیوٗل

زن ہرن سبز برگ دار درخت — کھٔتی یہ اقبال آں مبارک بخت[3]

پٔرتھ کلس مول وزایہ زیرِ زمین — نارٕ کھوڑ گوٗ بنیتھ بہشتِ برین

عالموٗ ووٗن زِ عینِ لطفِ خدائے — نارٕ منٛز چشمہ ہلے شیرین وزائے

شولہٕ وٕنی پوشہٕ کلی ہوٚیدا گئے — بولہٕ وٕنی جانوٗر تہٕ پیدا گئے

زبہٕ سندِ حکمہٕ در حضورِ خلیل — آو تختِ بلورٕ ہیتھ جبریل[4]

از بدن غُل و جامۂ نمروٗد — جبریلن نیبر کڈنی تس زوٗد

ترٛاوی نس نٲلی جامۂ جنت — تاج تھووُنس پٔسر بصد عزت

تختسے پیٹھ بخشمُت و اعزاز — بیٹھنوون سہ مہتر ممتاز

دوپُنس اے ماہِ اوجِ صدق و صفا — پور گوٗ چانہٕ خُلتک[5] دعوا

چھکھ ژٕ پیزی پاٹھی بانی ملت — شوٗبہٕ ژٕ نیے نٲلی خلعتِ خُلت

چھی ژٕنے عرشکی ملک لگاں پاری — گانسہٕ یاری منٛجتھ نہٕ جز باری

---

[1] اشارہ بآیۂ کریمہ قلنا ینار کونی برداً وسلاماً علیٰ ابراھیم (القرآن)

[2] نارٕ کھوڑ [3] حضرتِ ابراہیم [4] ظاہر [5] خلیل آسنک۔

باخُداگوٗ اُدا توکّل چون ! نوٗرِ احمد سَسپُن توسُّل[1] چون!

# ہوسِ اِقتدار۔ مانعِ ایمان

دَرتلفا سپر پی سسپُن مذکور
وَوت نارُس اَندرُسہ مَردِ غیور[2]

جلوۂ نوٗرِ پاک شاہِ رُسُلؐ
پٹوس پیلِہ نارہِ سے پُھلس کم گُل

غُلّ و زنجیر و جامہ نمرُودُن
جبریلَن تہ نارہِ سے پُشرُن

زیبِ تَن تس کوٗرُن قبلے جدید
تَنّہ لیکھتہ اوس کلمۂ توحید

سفلۂ نمرُود باتَنِ تنہا
اوس بَر یک مِنارَہ بالا

سِوی کوتی نظر کرُان اَز دوٗر
نارہِ مَنیز دِریشٹہ آس جلوۂ نوٗر

گُلخَنس گُلشنگ وُچھن یاراو
ڈنشتھے دِل تَشند بحیرت آو

گوٗ پریشان سیٹھا سُہ تیرہ نہاد[3]
وا دریغا منّے وقت گوٗ برباد

حکم فوجس دُیتن تیتھے تمیٗ زوٗد
نارہِ سے کوٗر تموٗ کنِیَن ہُند روٗد

بانبرتہ[4] رَحمہ کُے کوٗرن اعلان
لایہ ہَس پھینچہ سیتی سنگِ گران

سنگ ہا اَز عنایتِ مولا
گے مُعلق تماہا بہ ہوا

پیٹھ گُنے لخہ گوٗ کَنِین بیون بیون
قُدرتک بیاکھ معجزاہ گوٗ نوٗن

اَبرِ تُروٗٹ گوٗ کَنِین بحکمتِ ذات
پیو تَمے مَنیز ناگہاں برسات

نَنرِ مَنیز خارگُے سَسپُن اِظہار
روٗد محفوظ سُے خلیل بنار

[1] وسیلہ رِتُن۔ [2] مُراد خلیل [3] بد باطن مُراد نمرود [4] سنگباری ہِنَد

اوس ہؠفتھ خلیلِ بادِلِ خوش — ساکن اندر حظیرۂ[1] آتش
نارٕ سےٚ پوشہِ پھُلے کنین گوٚ آب — گوٚ سُہ نمروٗد سنگدِل بے تاب
وۄن لعینن سُہ قصہٕ پیشہٕ زیر — ناو تس عازرَن بِسیاہ ضمیر
ناد دِتھ سُے بجلے تنہا نیوٚن — پیٹھہ مِنارس پتہٕ تماشا نیوٚن
پی وَنِن تس مئے گوٚ یہِ رازعَیاں — چھُے خلیلس پزٕ خدایا جان
سُے چھُ تس مہربان بلطف و کرم — کو سنس غم تہٕ کھود تمیٚ خورم
چھُس سیٹھاہ آفرین تمِس یارس! — ییٚمی گلستان بنوٚ ونس نارس
گوٚ سُہ آمادٕ بر مسلمانی! — گوس حائِل حجاب سُلطانی
دست بردار گوٚ تہٕ لیوکھُن خط — رنجہٕ ناوُن خلیلہٕ گوم غلط
یوٚد بباطن خجل سپُن نمروٗد — اقتدار گ ہیوٚس تمِس ٹھہر رووٗد
گوٚ گمان تس یہٕ یوٚد انَس ایمان — حکمرانی اندر گژھہم نقصان
عازِرَن وۄن تمِس زرٕ و شِکست — اوس پنہاں خلیل نار پرست
دوہ یہِ لٔٹہِ کوٗر سُہ نارٕ سےٚ منز گیر — کوٗر تہٕ نارَن توٚے تمِس تاثیر
پی ڈٔنتھ گوٚ تمِس گمان غالِب — گوٚ سُہ عازرَن تہٕ نارٕ کُے طالِب
آخرس گوٚ بہٕ قہرِ حق مقہوٗر — نارٕ نے روٗٹ پتو سپُن تس سوٗر



[1] : اِحاطہٕ۔

# جاءالحق وزھق الباطل

## زِندٕ ضمیر

(رغضہ دُخترِ نمرود)

الغرض بَرجنابِ ابراہیمؑ — نار ییلہِ گوٚ بنیتھ چوٚ باغِ نعیم
عالمس منز تھدٕیاو تمی شٕنٛد شان — تی وُچھتھ واریاہو اوٚنٛس ایمان
گوٚ مُسلماں سُہ لوطؑ پیغمبرؑ — اوس ہاران اَصغرن سُہ پِسر
پانہٕ ہاران پورِ آذر اوس — سُے خلیلُ اللّٰہس برادر اوس
لوطِ شائستہٕ توٚرٕ گوٚبراہ تس — باپتھ واتہٕ ہے براہیمس
رغضہ بانو سۄ دخترِ نمرود — اَس بے شک سۄ دَر اَزل مسعود
ییلہِ تمہِ وُچھ خلیلؑ اَندر نار — نار اَندی اَندی منٛزس سَپُن گلزار
نارِ کے وقتہٕ ماٚلی سۭے لَشہِ آے — ہیتھ اِجازتھ پٔتے تماشا ڈٕاے
کھۄژ منارس اکِس سۄ یا زینت — نارِ سوزان وُچھُن گوٚمُت جنت
تختہٕ سے بیٹھ خلیل رحمانی — پَسلامت وُچھن سُہ نورانی
پٔژھ ہُنٛد جذبہٕ گوٚ تمِس پیدا — گےٚ اَکِے نظرِ تس بہ دِلِ شیداؑ

---

ؑ فریفتہٕ۔ عاشق۔

دۆپنس اے برگزیدۂ جبار — مرحبا نار چھے گومت گلزار
چھکھ ژٕ سالم بفضلِ رحمتِ حق — گلخنس گلشنگ ڈیٹھتھ رونق
چانٛۍ عظمت منٛز از گیم معلوم — بالیقیں چھکھ پیمبر معصوم[1]
بوز آوازِ رغضہ تمۍ بشتاب — نارِ منٛزٕ تمس ووٚنُن یہ جواب
چھے یقیں یوٚد ژٕ بوزاے خاتون — چھم منٛے دٔر سینہٕ سرِ حق مکنون[2]
دٔر بدن آسہٕ نورِ ایمان یس — زالہِ کیتھٕ پأٹھۍ نارِ سوزاں تس
رغضہٕ نے بوز یام سرِ کلام — التماساہ کرُن بعجزِ تمام
دۆپنس اے گلبدن[3] منٛے چھم لادن — واتہِ کیتھٕ پأٹھۍ سر دندے پادن
چھم ژٕ نش واتنگ ہوس بسیار — چھس ہراساں ولے زِ سوزشِ نار
تمۍ دۆپس پرٕ ژٕ ذکرِ الا اللہ — تھاو دٔر دِل ژٕ فکرِ الا اللہ
رٹھ ژٕ توحیدِ چی علم محکم — تُل قدم نار کُے مہ بر کانہہ غم
کلمہٕ توحیدِ کُے پران آسیے — وایہ روٚستُے سۆ نار منٛز درایسے
یادِ حق ہیتھ پیٚتھے اوٚنن رفتار — پادٕ نے تُل تمس سیٚن ژھیتہٕ نار
پیٹھیہ یکدم بزیرِ پاے خلیل — از دل و جان سپنٛز فدائے خلیل
گیہ کندن[4] ہنتھ زِ فیضِ نگاہ! — مہرباں تس سیٚن خلیلُ اللہ
کلمہٕ پری تھے سپنٛز سو رخصتھ تواہ — واتھ مالِس نشہٕ کوٚرُن آگاہ
پی وۆنُن تس کہ اے خراب خیال — وُچھ براہیمہٕ سند منٛزٕ سالم حال

---

١: پاک پاکیزٕ ٢ پوشیدٕ ٣ نازنین ٤۔ اصلی سون۔ زرِ خالص

تخت پیٹھ دِچھِم سہٕ اندر نار  نار گومُت تمِس چو فصلِ بہار
اُندٕ اُندی تَس چھِ پوشہٕ نہٕ ہِنڈ ڈۄر  ہی تہٕ ریحان گلاب تہٕ گُلہٕ ٹۄر
گۄر متے تہِندِس رسالتس اقرار  نورِ ایمان ہیتھ اوّنم رفتار
یورِ تورِ پچھِس بہٕ یوّد تَس تام  شُعلہٕ تار گوم بَردو سلام
تَس خلیلس پَنہٕ سے خُداچھ بزرگ  نارِ کنگَس اندر رۄچھن از مرگ[۱]
مُرسلاہ سۄز تمی یہٕ عالی جاہ  چھُس لقب حضرت خلیل اللہ
لولہٕ چانے وُنم یہٕ پَزرٕ چ کَتھ  اَنتہٕ ایمان لبکھ نَجاتچ وَتھ
گۄرِ نِشہٕ بیٚلِ یہٕ نوکتہٕ شیٖرین  بوز نمرودنے سَپُن غمگین
خشمگیٖن گو سہٕ گۄرِ پیٹھ افزون[۲]  حُکُم دِیتنکھ بیمِس تہٕ ہارِ و خون
رۄ برو گفتگو گۄرن بے باک  پَزِ سختی اَندر کَرنی یہٕ ہلاک
آیہٕ جلاد بوزی تھے بشتاب  دستٕ و پا بستہٕ تَس کَرِکھ بطناب
در بیابان نِیکھ سۄ گُذشتہ[۳]  از عذاب و سِتم کَرِکھ خستہٕ
اَز عداوت یہٕ تابش جانسوز  بستہٕ تھاوِکھ دَر آفتاب تموز
آو بَر جبرئیل حُکم عزیز  دَر بیابان چھِ بستہٕ میانی کنیز
موکلاوُن از عذاب الیم  واتناوُن سۄ نزدِ ابراہیم[۴]
ساکنِ سِدرہ آو بالتعجیل  موکلاوِتھ نیَن سۄ پیشِ خلیل
واتہٕ بیٚلِ نزد بانیٔ مِلت  روز ہمراہ تَس بہرِ محنت

---

۱۔ مرنہٕ زِنشہٕ ۲۔ پوشہٕ گونڈ۔ مراد رُخصہٕ۔ ۳۔ جبریل[۴]۔

کیوٚنژ کالاہ گژھتھ زِ روٚے صلاح ۔۔۔ مدینس آیہ ٹے بعقدِ نکاح
اوس مدین خلیلہٕ سُنٛد حامی ۔۔۔ ساری ہے بابلس اندر نامی
کرٕ خدایَن عطا تمس اولاد ۔۔۔ تہنٛدِ مرِ آیہ وُہرٕ نبی تھو یاد

## ہجرتِ حضرت ابراہیمؑ

یم چھ اسرار دانِ[1] وحی سما ۔۔۔ موشگافانِ[2] راز اہلِ صفا
پی رتموٚ کوٚر رقم زِ حالِ خلیل ۔۔۔ ییٚلہٕ اظہار گوٚ کمالِ خلیل
بسلامت سُہ دراو ییٚلہٕ از نار ۔۔۔ در عجب پییٚے تمام اہلِ دیار
بابلکی لوٚکھ از کہاں[3] وُمہاں! ۔۔۔ سُہ گلستان وُچھتھ سپنی حاران
پیوٚ بہر سوٚ سُہ شوٚہر تہٕ غوغا ۔۔۔ گوٚ یِمہٕ ہے قصہٕ مشتہر ہر جا
تی وُچھتھ آے اُڈی براہِ ہُدیٰ[4] ۔۔۔ روٚدی گمراہ اُڈی بنِتھ اعمیٰ
دار ہمَن نقش شوقِ ابراہیم ۔۔۔ بیوٚٹھ بر دِل زِ ذوقِ ابراہیمؑ
تا چہل روز خلق پے در پے ۔۔۔ آے تس نِش ہدایتھ ہیتھ گے
دینہٕ نے[5] نوٚب رواج تہٕ اعلاء ۔۔۔ گوٚ عیاں شرع و ملتِ بیضاءٔ
آو ییٚلہٕ غلبہٕ مسلمانی ۔۔۔ پیوٚ سُہ نمرود در پریشانی
متالم[6] سپُن زِ غصہ و غم ۔۔۔ کوٚٹھ پننِ سلطنت سپنی برہم

---

[1] مراد حضرات مفسرین۔ [2] محقق [3] لوکٹھو تہٕ بڈ بوسان [4] ہدایتچ وتہٕ پیٹھ۔ [5] تھزر [6] غم زدہ۔ رنجیدہ۔ [7] تباہ۔

دوت توحید در خواص و عوام ۔ گئے براہیمہ ہشندی مطیع[١] تمام

گو بوڈتھ اتھ غمس اندر تمرود ۔ ناد دِتھ نیون خلوتس منشر زود

پی وونُن تس منے ملک گو واران ۔ در غلاو تھ ژے لوکھ اوٹکھ ایمان

وار ہمن پیٹھ ژے یود گوژھ تسخیر ۔ چھم یہے مصلحت پوان بہ ضمیر

یاردن سیتی گنڈ ژ رختِ سفر ۔ چھے ژے بہتر گژھن بہ شہرِ دگر

پیو خلیلس پسندِ دل سہ کلام ۔ گو سہ عازم بسوے کشورِ شام

زغضہ و لوط ہمسفر تمی انی ۔ بیبیہ از اہلِ دیں تلنی کینہہ زنی

بابلہ کہ شہرِ لشہ سہ دژاو نیبر ۔ پیو گژھتھ شہر املکس اندر

رود کینہہ کال تتی قرار پذیر ۔ آس حکم سفر ز طرفِ قدیر[٢]

اد تتہا بہ طرفِ خراسان[٣] دژاو ۔ ورتہ منشر برونٹھ تس بیابان آو

لوکہ فوجاہ وچھن دراں میداں ۔ از لباسِ حریر شیرتھ پان

حلہ ہمے یمن تمن نالی ۔ شان تمی سند وچھک سیٹھاہ عالی

برونٹھ تس آے بہرِ استقبال ۔ تمی پرژھک منے ونو حقیقتِ حال

کیاہ چھو تہہ مدعا دراں صحرا ۔ صاف ظاہر منے نش کرِو برضا

تورِ دوپہس کرِ اے نکو محضر[٤] ۔ اسی چھ بیتہ کس امیر ہشند چاکر

سہ امیرن اندر سیٹھاہ مشہور ۔ چھس کنی کور دون اچھن ہند نور

نازنین کور خوبرو بہ کمال ۔ سے بدیع الجمال، ماہ مثال

---

[١] فرماں بردار [٢] اللہ تعالےٰ ہشند طرفہ۔ [٣] نام علاقہ [٤] نیکدل۔

موٗل تمیٚ ژٕند چھُ یوٚد امیرِ زمان     کوٗر تمیٚ ہِنز چھنہٕ بےٚ نظیرِ جہان

تس نِشہٕ وٲریاہ اَکٲبر آے[1]     خواستگٲری کٔرِتھ ژٕھری تم دٔرٲے

اَسی توٚرے سوٗز تمیٚ اُمیرن یور     نیک بختاہ طلب کٔریوٚن ژٕھوہ پور

وٲریاہ زٕنی اَسہٕ کٔریا یہ حضوٗر     پیوٚ نہٕ خوتوٚنہٕ کانٛہہ دِلس منظوٗر

وُنی دِواں اَسی چھِ آسہٕ نا کانٛہہ لال     یُس تمِس ٹارِ ییہٕ بحُسن و جمال

ناو چھُس سارہ باکمالِ شرف     سوہ نہٕ سُندٕرے ترنٛج چھُس در کف[2]

ترٛاوِ لیس سُے ترٛنج زرِ بجنار     بنہٕ سُے حوٗرِ شوہرِ مختار

کُس چھُ وٲقف زِ رازِ پنہانی     آسہٕ کُس ییٚمِہ تھٕہنز مہربٲنی

گٔیہ سٔتھ دوہ اَسے ییٚتین پرٲران     وُنی دِواں پاک صوٗرتھاہ ژٕھاران

یوٚد یِتھ اَسی کروتھ حٲضر تس     یِتھ ژٕ شاید پسندِ خاطِر تس

تمیٚ دوٚنِتھ چھُس فقیر یوٚد رٲہگیر[3]     ییٚمہٕ توہہ سٕتی نزدِ دُختِ امیر[4]

یہ حکایت جماعتن ییٚلہٕ بوٗز     سٲری سےٚ لٔش تموٚ یہِے شیٚچھ سوٗز

نیوٚکھ ہمرہ تموٚ سُہ پاک ضمیر[5]     بیٚہنوٗکھ سُہ بر بساطِ حریر[6]

سارٕ ییٚلہٕ آیہ تس برائے نِگاہ     آسہٕ اَکھ ہتھ کنیز تس ہمراہ

تاج برسر تھٔوِتھ پُر از گوہر     خام[7] لٲگِتھ بہ چہرہٕ انوٗر

ابلقس[8] پیٹھ کھٔسِتھ سوسہ رنٛگہٕ حوٗر     آیہ یامتھ سُہ دشت گو پُرنوٗر

---

[1] بڈی بڈی امیر [2] اتھس اندر [3] مُسافِر [4] مُراد حضرتِ سارہ [5] مُراد حضرت ابراہیم [6] فرش [7] نقاب [8] ہرگہ گُر

اکہ نظرٕ سوٕ شہرۂ آفاق — گےٚ خلیل اللہ ہس وُچھتھ مُشتاق

تس خلیلس وُچھن عیاں بہ یقین — جلوۂ نُورِ احمدی زِ جبین!

بختہٕ بجہ یام وُچھ سہ پرتوٕ نُور — ڈیٚشتھے دِل پھوٚلُس گوٚرن منظوٗر

کھوٚنہٕ اندر زِ روے تحسین تس — آیہ ترٛاوتھ ترُنجِ زرین تس

سہ نشانہٕ بہ پیشِ جانانہ! — گےٚ تھوٚوتھ پانہٕ جانبِ خانہٕ

مایہ ہٚشر آو ییلہِ دِلک تسکین — آیہٕ واپس بہ مسندِ زرین

روٗٹ خلیلن ترُنج اندر کف — حاضرو ووے شادی یانگ دٚف

نیوکھ پیشِ امیر سُے اعلام — مَنگہٕ نووٗن سہ بانیٔ اسلام

ژاو یامتھ ببارگاہِ امیر — آے تا متھ مُدبران و وزیر

گرِکھ حاضر امیرِ پننٕ سے گوٚر — پٚرن عقدِ نکاح گوٚ منظوٗر

گےٚ بزرگانِ شہر ساری جمع — وُچھ تمو دِلرُبا سہ ڈینگ شمع

وُچھ امیرن تہند سہ حُسن و جمال — سارہ خوتونہٕ کٚن ووٚنُن بہ مقال

شوہراہ چھےٚ ژٕے رُت گوٚمُت حاصل — چھےٚ ولیکن بہ سفرکے مائل

گوٚ سہ تقریبِ شادیانہٕ تمام — روٗٹ خلیلن میانِ شہر مقام

رٚتہ شُند فضل گوس شاملِ حال — رُوٗد شہرس اندر سہ وارہ کال

اَتھ زبانس اندر بجُن خطاب — لوٗکھ ہیچھنادی تمی سیٹھا آداب

رہنمہ پی تمن کرن کامل — گیہ لوٗطس پیمبری حاصل

---

۱ مُراد حضرت ابراہیمؑ ۲ اکھس اندر ۳ خبر ۴ مُراد حضرت ابراہیمؑ

حسب ارشاد بادلِ معصوم ! — بہرِ دعوت سُہ گو بقومِ سدوم
حَضرتِ سارہَس پہ اوس مُراد — گو نہٕ حاصِل تس تام کانٛہہ اولاد
قُدرتٕچ مصلحت یہ اٰس کمال — روز کھون خالی تَس تَوٕے تِژکال

## سفرِ شام وَفاداری وہمراہی سارہؑ

اَکھ دوہ گو خلیل رحمانی ! — آو نزدِ امیرِ حرانی !
پی ووُنُن تس بموجب الہام ! — چھُم مےٚ عزمِ سفر بجانبِ شام
تور گژھنَس مےٚ چھُم نہٕ کانٛہہ چارٕ — روزِ ییٚتی تام حضرتِ سارہٕ
پدرِ سارہٕنے دُیتُس روخصت[1] — گو نہٕ مانع تمِس سُہ بر ہجرت
یام رختِ سفر تیار کرُن — سارہَس نِش تہٕ آشکار کوٚرُن
حضرتِ سارہٕ بے قرار سَپنٕ — ہمرٕہی پیٹھ[2] تمِس تیار سَپنٕ
ولہٕ ہَژ راجہ مالِنٛچ کَلِتھ ژٕٹ — از وَفا تمہ رَفاقتُچ[2] وَتھ ژٕٹ
تَس خلیلَس کرٕن یہ عرضی پیش — کیا گژھی کَم مےٚ یوٚد نِکھ باخویش[3]
ژٕنےٚ سِوا اَکھ نفس لوٚبُم نہٕ قرار — چھُم مےٚ درکار چون اَکھ دیدار
یوٚت گژھک توٚتِ یمے پتے دنبال — ہر زماں روز ژٕنےٚ بہٕ نالی نال
دوٚن خُلیلَن جواب باسارہٕ — چھُس مہاجر مےٚ چھُم نہٕ کانٛہہ چارٕ
از برائے سَفر بہٕ چھُس عازم — چھےٚ ژٕنےٚ مالِس نِشہٕ بہُن لازِم[4]

[1] والد حضرت سارہ [2] رفاقت [3] پانس ستی [4] آباد

چھَک ژٕ دُختٕ[1] امیرِ ایں کشوَر / کیاز تراوکھ ژٕ ارثٕ مُلکِ پدر

تورٕ خاتونہِ پی کورُن تس عرض / بس مِنےٚ خدمت تہنز کرٕنی چھم فرض

سُتھ مِنےٚ چھم واتنٕ ماٹہٕ انجامس / لتھ دِواں چھُس یہ عیش و آرامس

چھُم ژٕ سیتٕہن سفر کرُن ہر حال / چھُم نہٕ حاجت مِنےٚ جاہ و مال و مُنال

اوّن خلیلن تہند سُہ عرض بجا / گوس تسکیں اُمس اندر چھ وَفا[2]

دراییہِ ہمراہ سارٕ یا شوکت[3] / گیہٕ مالِس تیتھےٚ ہیوتُن رخصت

پتہٕ پتہٕ دراے اہلِ شہر تمام / تس خلیلس کورُکھ وِداع[4] و سلام

فارغ از رخصتِ شہانہٕ سپنی / جانب شام تِم روانہٕ سپنی

## واقعہ شاہ بدکردار با خلیلؑ نیکوکار و سارہ

عالمو وُن خلیلِ نیکو نام / دراو ییلہِ چورٕ ہیتھ بجانب شام

وَتھ لگِکھ مُلکِ مصرٕ منزٕ ناگاہ / اوس دَر مصر اَکھ شہا گمراہ

ظالم بدسِیَر[5] نظر ناپاک / تیرہ رو[6] سنگدِل تہٕ ہیبتناک

تھپہٕ دِنہٕ سےٚ اندر تمِس اکھ زیٚوٹھ / لوٗٹ تس کار تاجرن بیٚٹھ کرٕ یوٚٹھ

تس یہ کینہہ پانہٕ سےٚ پسند یوان / تاجرن نش سو جبرٕ سیٚتی نوان

---

۱۔ دخترک مخفف مراد لڑکی ۲۔ وفاداری ۳۔ حشمت و شان

۴۔ رخصت ۵۔ بدخصلت ۶۔ بدکردار۔

ڈینشہ ہے یوٚد سُہ کانہہ حسین عورت   تَس بَہ نخوت نِوان کرِتھ غارَت
بوٗزی تِتھے قِصہ جفا[1] پیشہ   پوٚو خلیلِ خُدا دَر اَندیشہ[2]
سارہٕ خوتوٗنہٕ ہُنٛد ہیوٚتُن تمیٚ غم   گوٚژھنہٕ کانہہ اَکھ تمِس گرٛژھن محرم[3]
اُس خوتوٗن پَردٕچ پابَنٛد   اوس آسان نِقاب تَس اَندٕ وَنٛد
فتنہٕ کے خوفہٕ تمیٚ سُہ پیکرِ[4] نوٗر   تھوٗنہٕ صندوقہٕ ہے اَندر مستوٗر[5]
بَستہٕ تھاوِتھ بَر اُشتر رَہوار   جستہٕ مصرس گٔژھنہٕ اوٚتُن رفتار
پاسدارو[6] شہَس نِیکھ سوٗ خبر   تاجراہ ووت شہرسے اَندر
بار بَرتَن چھ سیتی تَس بسیار   بیٚیہ صندوٗق اَکھ چھُ اُشتر بار
ظاہرا آسہٕ تَس گرٛژھن دَر شام   چھُس صندوٗقس اَندر بَرِتھ کیاہ نام
دِراو فرمانِ ظالمِ جابر   گژھہ تاجر مےٚ نِش کرُن حاضر
آیہٕ سَرہَنگ[7] شیر تِتھے بندوٗق   نیوٗکھ نِشہِ شاہ ہے بمعہ صندوٗق
تاجرانہٕ خلیلِ یزداں جوے   ژاوٕ ییلہِ نزدِ ظالمِ بَدخوے
پیٚژھنہٕ ظالم لوگُس ژھوٗن الآن   کیاہ چھُ صندوٗقہٕ ہے اَندر پنہان[8]
تمیٚ دوٚپُس اَتھ اَندر چھِنےٚ اَکھ عورت   تھوٗ مےٚ پوٚشیدٕ اَزپئے عصمت
بوٗزِتھ چھُم مےٚ چاگٕ خیرہ سری[9]   یِتھنہٕ ہرگز کَرِکھ ژہ پَردٕ دَری
اقتدارٕچ ژہ نےٚ پِتھے گَژ مستی   چھُکھ تۄ کینہہ کران زبردستی

---

۱۔ ظالم، ستمگر ۲۔ فکر و تشویشس منز۔ ۳۔ واقف ۴۔ مراد حضرتِ سارہ۔
۵۔ پوٚشیدٕ ۶۔ اہلکارو ۷۔ چوبدار ۸۔ کھٹِتھ ۹۔ گستاخی۔

ظالمس یام گو یہ نکتہ بگوش — کھوت زِ نخوت تمِس دِماغس جوش
خود سری ہند پھاکر کھوتُس منٛز گن — دِپنہ لوگ تنٛد روے سرہنگن
توہی یہ صندوق در حرم خانہ — واتناوِو بطرزِ شاہانہ
قادِ خانس اندر یہ سوداگر — بستہ تھاوُن گژھے بہ رنج و ضرر
چوبدارو بموجب فرمان — نیٚو خلیلِ خدا سوئے زندان
واتناوکھ شہ یام زندانس — نیٚوکھ صندوق منٛز حرم خانس
آو ظالِم بہ خواہش ناپاک ! — ژاو اَتھ کمرس اندر بے باک
ٹھان صندوقہ کے کوٚرُن یلہ جل — دزایہ تمہ منٛز سو نورِچ مشعل
بیٹھ یکسو نقاب لاگِتھ حور — گو حرم خانہ سر بسر پرنور
قادِ خانہ منٛزے بہ فضلِ جبرئیل — تُل حقن ٹھوٚر زِ چشمِ پاک خلیل
رسیر احوالِ پاکئی سارہ — تمی بہ زندان بہتھ ووچھن وارہ
ووٚتھ شہ ظالِم بہ خواہش باتو — گو بوٚڈِتھ زیرِ خاک تا زانو
پابگل گوس برٛونٛہہ یکُن مشکل — گو رٛہتھ مبتلا خراب و خجل
سارِہ سے کُن کرُن عذر خواہی — بخشتم ہلی گیٚم منے گمراہی
یام آزاد گو شہ تیرہ معاش — سارِہ سے کُن اَتھن کوٚڈُن بنیہ واش
تی ووچھتھ سارِہ سے رواں گو اشک — ناگہاں ظالمس اتھہ گے خشک

---

۱. بنٛد ۲. قادِ خانس کُن ۳. مُزرادُن ۴. مراد حضرتِ سارہ ۵. کوٹھن تام، ۶. کھوڈر زبہ منز، مراد مبتلا۔ ۷. بدچلن۔

عاجزی تمی کرٕن دِگر بارہ[1]   در دُعا آیہ رٔحمدِل سارہ
یام دِل توبہ ہے اندرٕ تس آو   بیٚیہ دوٚنوٚنی تٔرن تمٕس حیس آو
بیٚیہ تمی کر نظرٕ بچشمِ دغا   در زماں گو وُچھاں وُچھاں اعمیٰ[2]
از بدن خشک بیٚیہ گاس تستہ تان   سارٕ خوتوٚنہٕ کٔرِن دوٚنٕن بہ فغان[3]
کاے مُبارک لِقا پری پیکر   چُھے تٔرے پاکی ہُنٛدُے قسم لبس کر
عفو کر دوٚنی یمے نہٕ زانہہ رو بہ   چُھس کراں لغزشن بہ دِل توبہ
سارہ خوتوٚنہٕ دوٚپنس اے نادان   چُھے تسُند قہر لُس چھ در زندان[4]
میون شوہر چُھ رٔبہ سُنٛدُے دوست   قہرٕ تہندے ہوٚکھتھ گے رگ و پوست
تس یوٚتامتھ ہیکھ نہٕ بخشایش   چُھے توٚتامتھ مرض در افزایش[5]
یام خوتوٚنہٕ تس دوٚنٕن یہ بیان   اہلِ کارن تِتھے کوٚرُن فرمان
تاجرِ نیک دِل[4] نام آور   گژھہ جلدی کٔڈُن زِ قیدِ نہ بر
واتنوٚ دُکھ[4] در حرم خانہٕ!   ظالمن عاجزی کرٕس پانہٕ
بخشتم رائے بدمنے گو اِظہار   چھکھ بلاشک تٔہ مردِ نیکو کار
عورتاہ چانی چھے نہایت پاک   وُچھ منے تس کُن بدیدٔ بےباک
گیہ کو ہٹس زِ چشمہِ نابیٖنا   دفعتن گے ہوٚکھتھ منے ستہ اعضا
پی وَنان آو حضرتِ جبریل   تس خلیلس اوٚنُن پیامِ جلیل
بوز بعدِ سلام حکمِ اِلٰہ   ظالمس پیٹھ تٔہ عفو کرٕ زِ نہٕ زانہہ

---

[1] او - دوٚیمہ لٹہٕ [2] نابینا [3] فریاد سان [4] مُراد حضرت ابراہیم [5] اضافس اندر۔

سُہ یوٗتامتھ پٔہ واتہٕ بَرَ رہِ راست   ییٚنہٕ تھاوِکھ قبوٗل تَس درخاست
مَشہِ یُیتھ تَس سرورِ سُلطانی   ترٛاوِ اَز دِل غرورِ نادانی
ظالمَن ترٛاوی زِندگی ہنٛز کل   دَست بَردار گوٚ زِ مال و دَوَل
ملک و مال وحشم یہٕ ابراہیم   اَز دِل وجان تیتھے کوٚرُن تسلیم
پَتہٕ دِلہٕ گوٚ سُہ اَز گنہ تائب   روٗد اَرجانہٕ کُے فقط طالب
بَر ہدایت سُہ آو اَز دِل و جان   یا ندامت اوٚنُن تمِس ایمان
مہربان گوٚ خلیل رحمان تَس   مال و دولت تمِس دِتِن واپس
اَز دُعاے خلیل دریا[۱] دِل   تَندرستی تمِس سپنی حاصِل
زَن نوٚے زندگی لبٕن یہٕ دُعا   دوٚن اُچھَن گاش آس گوٚ بیٚتا
گُلی گُنڈِتھ سأرہِ ہَس کرٕن غرضی   دَر گُذر کری زِمیتأنی خود غرضی
چھَم کنیزاہ مےٚ نیکدِل مہوش[۲]   سوٚمے بخدمت رٹن گژھم دِل خوش
دوٚپنہٕ ھا اَچھرکِ[۳] یہٕ زِ شوٗبی   چھے یہٕ زٕ ہش یہٕ زٕ وچھتھ لوٗبی
یتہٕ زٕ ہش چھے پاک دامانہٕ   ڈالِہ بخشان چھسے یہٕ دُردانہٕ !
ییٚلِہ ییٚلِہ اُمی سُندے دِلس طوعن[۴] پیوم   گوٚ مےٚ سے حال لُیس مےٚ زِ لشہٕ گوم

## روانگی از ملکِ مصر

موٚخصر دزاے ییٚلِہ بصد اِکرام[۵]   اوس عزم سفر بجانبِ شام

---

۱۔ وسیع القلب، فیاض ۲۔ خوبصورت ۳۔ رٹھ پٹن محنتانہٕ ۴۔ مرادگمانِ خلوت ۵۔ سیٹھاہ عزتہ سان۔

مصر نشہِ دراے ییلہِ کرِتھ تجہیز[۱] — ساز و سامانہٕ ہیتھ ہمہ سوٗ کنیز

وَتہِ مَنز ہُر خلیل رحمانی ! — سارٕ لج وَننہٕ پاک دامانی !

حال خود دَر بیان لجس اَتھ نے — پاکیٛازی پَننی لجس وَننہٕ نے

وَوٗن خلیلن تمِس مِنے گےٚ معلوم — چاوٗتِ پاکی بحکمتِ قیوم

حضرتِ سارٕ گیٔ تہٕ یوٗزِتھ شاد — بوولنس تَس کنیزِ ہُند رووداد

عرض کوٗرنس مِنے یاد مِنت تھاو — کیاہ کَرو اَسی تِمس کنیزِ ناو

تمی وولتس شوٗبہٕ ہاجرہ تَس نام — قولِ ھاا اَجواکِ یہ چھے انعام

حضرتِ سارٕ نے وولنس الحال — ژٕ یِیے یہ بخشانٕ چھسے یہ چھُے ژٕ حلال

سور سامانہٕ ییلہِ رَوانی گیٔ — دَر فلسطین دیار واتِھ ییٚے

مُلکِ شامُک یہ صوٗبہٕ عالی شان — اَسی تمہٕ وَقتہٕ اَتھی وَنان کنعان !

ڈیرٕ تروٗکھ تہٕ روٗٹ تموٚ جاے گیر — دَر یروشلم گیٔ قرار پذیر

شوٗبہٕ دُن خطہ چھُے اَموب پسند — اَندی اَندی چھس کرٕیوہ ہاے بُلند

اَز نِگاہِ خلیل پاک شعار ! — گیٔ پدیدار چشمہٕ تہٕ اَنہار

گیٔ باقبال آں مُبارک بخت — ٹھنی ترو تازٕ میوہ دار درخت

مال و دولت بنیوکھ روز افزوٗں — کھتے تموٚ میوہ ہاے گوناگون

پایہٕ بوٚڈ یام گوٚ سکونت گیر — جایہٕ جایہٕ نوٚوے کوٚرُن تعمیر

لج ہہر سو سکوٗ نتیج بُنیاد — ژور ہَتھ گام تمی کرِن آباد

---

۱ نیاری ۲ تھزِ پہاڑی یہ ۳ ظاہر۔ نمودار ۴ قرار پذیر

اہلِ قرین[1] سہ گوَ پئے دعوت | زأنی رأوِنی شریعت و مِلّت
گوَ فلسطین تمام با اسلام | سارِوے مأنی دینٕچ احکام
بَہرِ توحید مِلّتِ بیضا | قبلہٕ کےٚ تمیٚ نِشان مۆنگن بدعا
آو جبرئیل وَحی ربّ بوُون | صخرۃ اللہ تَس نِشان ہوُون
تَس حنیفس[2] سو کیفیت تمیٚ وُنی | اَز خُدا چھے نِشانِ قبلہٕ یہ کُنی
قبلہٕ انبیاء یہے ہر حال | روزِ یتھ مِلّتس أندر ژِکال
اوس تمہِ وقتہٕ صخرہ قبلہ نُما | اَز چھُ تتھی شایہ مسجدِ اقصیٰ

## روانگی بطرفِ بابُل ـــ و اِتمامِ حجت بر نمرود

اہلِ اَخبار راویانِ کبار | چھی لیکھاں حال فرقۂ اخیار
رۆد محکم خلیل پاک آیین | دَر فلسطین بہ راہِ دعوتِ دین
آس فرمانِ حق زِ گَنڈ تہٕ کمَر | سوے بابل زمین بہ سازِ سفر
ناد دِتہٕ سوے حق ژِ نمرودس | گمرہس ظالمس تہٕ مردودس
چھس بسر جوش کبرو استعلا[3] | چھے خُدا آسُنک کران دعوا
گرٛھتہٕ تَس وَنتہٕ دینچ[4] تعلیم | کھوژِ ناوُن سہ اَز عذابِ الیم
بوزی تھے دژاو بأنی مِلّت! | ہیوتن سارس تہٕ ہاجرس رخصت
اَز فلسطین خلیل نام آور | ژاو پیّیہ شہرِ بابلس أندر

---

۱. کامہ والین ۲. مراد حضرت ابراہیمؑ ۳. بلند سپدن ۴. حضرت ابراہیمؑ

ووت یا مَتھ بمنزلِ مقصوٗد — دَتھ ہیٚژن سیٚود بجانٕہ نمروٗد

اوس کامِل یقین تمِس بخُدا — ژاد نمروٗدِ سے نِشہِ تنہِ[1]

بےخطر تَس وٚنُن کرِ اے گمراہ — کَرِ یقین کُن چھُ حضرتِ اللہ

تمیٚ بہٕ سوٗزُس ژٕ سے کُن نبی رسولؐ — جان گژِھ کرٕ ژٕ میٚون دینٕ قبوٗل

چھُم مےٚ امرِ خُدا ژٕ سے وَتھ ہاوٕنی — بےغرض دِینہٕ چھِ ژٕ کَتھ باوٕنی

بوٗزِ یتھے ظالمَس ہیٚژن زٕنہٕ زیٚہہ — گوس زٕن ہیٚہہ ہوٗ کھُس اَچھن ہُنٛد سٕریٚہہ

اَزغضب تَس وَنُن مَ وَن یِژھ کَتھ — بڑٕ ونہہ تہٕ وٚنمہٕ ژٕ پھیر امرِ نِشہِ پتھ

پانہٕ سے نِش مےٚ چھُم خداوندی — وَن کیٛتِھ چھُم مےٚ آرزوٗمندی[1]

چون ربّ یُس چھُ حکمرانِ فلک[2] — جنگ تَس سیٚتی چھُم کرُن بےشک

تیٖر دارتھ ییٚتے پیٹھٕ دِمہٕ تَس — چھُس یِژھان مُلکِ آسمان نمہٕ تَس

پی وَنان نارِ کیٖس دو بالا گوس! — آسمان پیٹھ کھَسُن خیالاہ پیوس

وٚن وزیرو تمِس یہ چھا اِمکان — چھُنہٕ بَرٕ آسمان کھَسُن آسان

چھکھ پرژھانی وٕنو اَمیک تدبیر — آو ابلیس آدنک تَس پیر

ژھل سُہ ہیٚچھنو تمیٚ سیٹھا دُشوار — ژٕور[4] بڈٕ گژِھ اَنِکھ دَرِ آخرِ کار

پنجرِ تہٕنٛدی لَدِکھ میانِ طناب[3] — فاقہٕ سیٚتی اول کرِکھ بےتاب

گرٕدِ نے مَنٛز صنٛدوٗق تھوٗوکھ تام — یوٗدٕ تَتھ مَنٛز سُہ پانہٕ با آرام!

---

۱ محتاجی۔ ۲۔ آسمانک پادشاہ ۳ عداونک نار۔ ۴ زنجیرن مَنز۔

ماز را تھوکھ اوٗیزان تھِہ — ماز نکھہٕ تَل وُچھتھ گرٛدن گو مُتھ

بوچھ ہتی آسی وُچھ تمہٕ ییلہٕ ماز — ہیوٗر گٔنٛے ہینوت تمو کٔرن پرواز

کھوت سیٹھاہ ہیوٚر تَلن صندوقس ٹھوٗر — نکھہٕ واتن نبس گمان تمی کور

از خیالِ عبث لوگُس ییلہٕ برم — سیتی اوٚسُس وزیر اکھ ہمدم

اَتھی انٛدر تیر در کمان تھوٗون — از جہلِ سوی آسمان ترووٗن

آو فرمانِ حق یہ جبرائیل — زٔٹھ اَتھس منز سُہ تیر باتعجیل

گاڈِ ہتُند ہوٚٹ تمیک ہدف زِ بناو — خوٗن آلوٗدِ سوی دشمن ترٛاو

آیہ گاڈاہ محیط منز نیبر — نزدِ جبرئیل روزِ دائرتھ سَر

گاڈِ ییلہٕ دور ہوٚٹ کوٗرن یہ خلاف — تا قیامت تمس ذبح گو معاف

خوٗنہٕ بوٚرتھ سُہ تیر واپس آو — ظالمن ڈیٚشتھے بوٚرن اَد چھاو

از حماقت سُہ گو سیٹھاہ دلشاد — گوم حاصل یہ اوس مینون مراد

تس وزیرس وٚونُن مہٕ کرو دیر — ماز راتا پھٕرن بجانبِ زیر

ران بوٚنہٕ کنہٕ تھوٗکھ اوٗیزان یام — سیٹھو گرزدو بوٚن گٔنٛے وُٹھن ہیوتے تام

از قضا بوٚن ڈیٚسِتھ بگرٕ خاک — نون تمو دیت صدائے وحشتناک

بابلس منز سُہ فزعِ اکبر پیو — زٕنتہٕ غوغائے روزِ محشر گو

---

۱۔ بے ہوٗدٕ۔ ۲۔ جلدی سان ۳۔ نشانہٕ ۴۔ بے وقوفی ستی

۵۔ زمینس کُن۔ ۶۔ شورِ محشر۔

لاف دِتہِ لوگ سُہ ظالم بے بہم[1] آس مارتھ یہ رب ابراہیمؑ
بوز یامتھ خلیلہ نے یہ مقال دوپنس اے ضال[2] تراو خام خیال
میٹھو رب چھُ بغیرِ روح و جسد[3] چھُس صفت لم یلد ولم یولد[4]
سُہ منزہ[5] چھُ از جمات و عیوب سُہ چھُ غالب تہ سپدِ یہ مغلوب[6]
ذرہ ذرس چھُ سُہ محیط[7] بہ علم ییتر مہلت دِتھ تمی از حلم
تمی لعینن[8] دوپس مہ تراوم ڈر! دِچھ خدایس کڈنی سہ فوج ببر
بتہ کرہ فوج از جمع پئے جنگ یا انہم تنگ یا انن سے تنگ
دوپ خلیلن تمس کہ اے گمراہ ان بمیدان ہتن تمام سپاہ
بوزی تھے خشمناک گو بے دین[9] حکم دیت تمی بہ عاملانِ لعین[10]!
ملکسے منز زِ شرق تا حدِ غرب جمع لشکر کریون از پئے حرب[11]
چھم لڈن جنگ با خدائے خلیل گو بہ تعجیل حکمہ گے تعمیل
لشکراہ جمع گے سفید و سیاہ دِتھ دردشت خیمہ تہ خرگاہ
دوپہ اکہ حضرتِ خلیل اللہ! گو روانہ بسوے لشکر گاہ
بار دیگر بموجبِ شفقت دینہ سے کُن تمس کورن دعوت
تمی دونس کرہ ہیکے انتھ ایمان کرہ نظر کور منے جمع فوجِ گران

---

[1] نمرود، [2] گمراہ [3] جسم [4] نہ زاس کانہہ نہ زاو کانْسہ [5] پاک
[6] کمزور، لیپا [7] اِحاطہ کرن وول [8] مراد نمرود [9] نمرود [10] کارگذارن کُن
[11] جنگہٕ خاطرٕ

چون معبود یوٗد چھ صاحبِ جاہ — نیپر ژٕتن وُذی کیٛنس بفوج وسپاہ

رائیگان گیہ نصیحت ناداں — مۆنگ خلیلن بدیدۂ گریان

اے خداوند آسمان و زمین — سوز لشکر برین گروہِ لعین

اوس وُنہِ در دُعا خلیل اللہ — از اُفق گوٚو نمود ابرِ سیاہ

اوٚبرِ سیٚہ مُنز مہین ہشرِ لشکر — پیٚیہِ وٲتھ سو بابلس اندر

حکم فوجس کوٚرُن شتاب کرو — خیمہِ نیٚہ بٔنڈش طناب کرو

طبل و ناقوس ہر طرف وٲیو — تیر اوٚبرس گٔنڈ شمتھ لٲیو

تیر لاین ہیتکھ برابر ژولور — اوٚبرِ مُنز تُل مہیو نہایت شور

اوٚبرِ بوٚن بوٚن وُسیتھ دو بالا گو — فوج نمرود تھٕہ صف آرا گو

اوٚبر پھوٚٹ دزاہِ مُہی نمبرِ ہجوم — کوٚر تمو غلبہ برجماعتِ شوم

پژتھ سوارس اکےٚ اکےٚ مۆہ بیوٚٹھ — ٹوٗنگ مارتھ دِتھ سرا تس کزیوٚٹھ

از حدیثِ صحیح گومت چھ عیان — تھاوِ نکھ نہ زِ استخوان تہ نشان

جسم ابلق سوار کھیتھ سرہم — مُہی تھتی روٗدی گیہ۔ نہ زیادہ نہ کم

دُچھ اچھو حال پانہ نمروٗدن — گو خجل روٗو تس قرارِ بدن

آو درخانہ مثلِ دیوانہ — روٗد ژھیپھ دِتھ سہ در حرمخانہ

بازنہ خود کوٚرُن سہ حال بیان — وا دریغا منے فوج گو وٲران

---

۱۔ ضایع۔ بے کار ۲۔ دٕدِ نیو چشمو ۳۔ فوج نمرود ۴۔ آسمانہ کہ کنارٕ نشہ ۵۔ فوج نمرود
۶۔ پننہِ زنانہ نشہ۔

اَکھ مۄہا اوس کوچکۍ یکۍ پَر
دِم میٚتے حُکمِ ہلاکئ نمرۄد
آس فرمان تِتھُے ، ایزدِ پاک
نَستِ کِنۍ ژاو ناگہانٕی تَس
بیۄٹھ میٚنگَن اندَر تَمِس بقرار
گۄ ذلیل و نزار و بے آرام
آفتاہ تَس سو مُہِی شدے زنگہِ
کلَہِ پیٚے مَشرٕ سُہ ہر طرف تَس پھیۄر
حِکمتاً تَس کرِکھ سیٹھاہ تدبیر
کوٗبَہ [3] چے ژھنجہِ تَس قرار نفس
دوٚہ اَکہِ حَضرتِ خلیلُ اللہ
یام ڈیوٗٹھُن سُہ دَر عذابِ شدید
پی وۄنُن تَس ژٕ بوز اے نادان
تورِ تَس وَنہِ لوٚگ شقی اَزَل [4]
وۄن خلیلَن تَمِس بَصَد تاکید
وُنہِ تِم آسی دَر سوٗخَن ، دَمساز

تمۍ مناجات کوٚر سوے داوَر
وۄنی گُنٕے زۄن سُہ پانہٕ ظالِم رۄد
چھُے ژٕ نے تجویز گژھہ کرُن سُہ ہلاک
وۄت در مَغزِ سَر رَوانی تَس
کھیٚینہِ لوٚگ مَغز [1] سَر بَصَد آزار
لوٚگ عذابَس کلَس وۄتھُس سام [2]
کیوٗژھ کالاہ تَمِس کھیٚین میٚنگہِ
ڈُیہ دِی دِی تَمِس تُلِن کلَہِ گیوٗر
گو نہٕ ہَرگز مَرض علاج پذیر
اوس دادِس گژھاں اَکِس لحظَس
ژاو نمرۄدِ سے نشہِ ناگاہ
ناد دُیتنَس بَہ کلمہٕ توحید
رستگاری بَنی ژٕ اَن ایمان
اَن خُدا آسنَس گواہ اوّل !
کُلِ عالَم چھُ شاہد [5] توحید
آیہ پَرتھ طَرفہٕ کلمہٕ چی آواز

---

[1] کلہِ چہ میٚنگہِ [2] نام مَرض [3] ہتھوڑہٕ [4] مُراد نمرود [5] خدایہ بندِ گُنہِ رُک گواہی دِنہٕ وول۔

گوٗ پدیدار از درو دیوار  رَبُّنَا اللہُ وَاحِدُ اقرار
یوٚت ڈیٖشِتھ تہٕ گوٚ نہٕ تَس تأثیر  آو جبریل از خداے قدیر
بعدِ تسلیم تمیٚ بہٕ ابراہیم  بوولُس چھےٚ وَنان ژےٚ ربِ عظیم
یوٚد پہٕ ملعون بجان ودِل اقرار  دِیہٕ بَر کلمہٕ وُنی کینس صد بار
منفعت کینہہ دلِس نہٕ کھوٚڈ ایمان  وُوتمُت چھُس قریب قبضک آن
زندگی ہشدی چھ ووٚنی ترٕسے ساعتس  مَر آسن ہزار لعنت تس
خوفہٕ وزِ پزِہ کرِنی چھُنہٕ کانہہ سوٗد  موٗد مردوٗد سنگدِل نمروٗد
لَبتہٕ سجینہٕ ہسے اندر بوعید  عزرئیلن تھوٗوُس سُہ روٗح پلید
کبرِ کے نارِ پیو ذِرتھ رسوا  میوٗل میٚیژ مَنز کُسُند اَیژ دعویٰ
اِقتدارن تمِس اُچھن تھوٗو ٹھوٗر  دُنیاہَن وُچھتہٕ ما وَفا تَس کوٗر
پتھ پہٕ کینہہ روٗد تَس زمال وحشم  از غلامان و چاکران وَ خدم
آیہٕ ساری باقتداے خلیل  روٗدی پیوٚستہٕ دَرہواے خلیل
پی وونُکھ تَس کہ اے رفیع القدر  اُسی چھِ ماتحت چھُکھ ژٕ سونُے صدر
کوٚت گژھو چھُکھ ژٕ ووٚنی پناہ سونُے  بابلَس منز ژٕ بادشاہ سونُے
لوٚبہٕ دِل یوٚد رٹکھ بہٕ ہمراہی  شوٗبہٕ ژےٚ عالمچ شہنشاہی
یوٚت گژھکھ اُسی یموے توٚت ہمدم  چھی ژےٚ محکوم اُسی قدم بقدم

---

۱ فائدہ ۲ مرنک وقت ۳ عذابس منز ۴ ہمیشہٕ ۵ خلیلہٕ ہندس خیالس اندر۔

گُڈ اَسہِ تۄہِ مون چوٗنے دِین — بالیقین بنیہ سون تخت نشین[1]
چھکھ ژٕ بیدار بخت با اقبال — کر تصرف ژٕ در خزاین و مال
وۄن خلیلن تمن جوابِ[3] نِکو — کیاہ ضۆر ؤرتھ مۄنے پھم زُلکہِ عدو[4]
مُلک[5] داری ہمُندے مۄنے چھمنہٕ ہوس — مالکُ الملک شوٗبہِ مولا بس
حُکمرأنی[6] چھنے تسُنٛزِ روے یقین — پأدٕ ییٚمی کوٚر یہِ آسمان و زمین
بابلس منٛز بانتخابِ عوام — یِکہٕ وَٹھٕ مجلِسا چلاوِ نظام!
مُنتخب کوٚر تمو پنُن حأکم — رۄدی دینِ حنیفہٕ پیٚٹھ قأیم
روٗٹ تمو جاہ و حشمتِ نمرود — باگرأدِکھ سو دولتِ نمرود

# واپسی بطرفِ شام ولادتِ حضرت اسماعیلؑ

الغرض شاہ کشورِ اخلاص — جانبِ شام دژاو ہیتھ کینٛہہ خاص
بر رضاے خُدا دِژن ییٚلہِ تن — فتحمندی عطا کرٕس ذاتن
اوٗنٛٹھی پیٚٹھ خزانہٕ تہٕ دولت — سیٚتی دِتہس تہٕ کوٚر لکو رخصت
دژاو بوٚڈ کاروان تمِس ہمراہ — وأتی در شہرِ رحبہ تم ناگاہ
نوِ سرٕ کوٚر تمو یہِ شہر آباد — اہلِ شہرن دِتکھ حقس کُن ناد

---

[1] تختِ عزتہ [2] بادشاہ [3] رت جواب [4] دشمن [5] بادشاہی [6] حضرت ابراہیمؑ

ڈراے تتہ واُتی در زمینِ حلب
بام شہر حلب کوژکھ تعمیر
ڈراے جلدی تم از حمیرہ نبر
یام در مصر وتھر لجس ناگاہ
ڈیوتھ ییلہ تمی خلیل پیغمبر
سیتی ہیتھ کاروانِ دولت و مال
خیر مقدم کرُن بصد تعظیم
اوس آمُت سُہ بر ہدایت پور
مصر منز ڈراو ییلہ نبی حنیف
شان و شوکت و چھتہ تنیک ولّی
تتہ پیٹھہ واُتی در دمشق زمین
ڈراو ییلہ از دمشق باصد شان
ہمرہن کن دونکھ چھ کیاہ یہ دخان
اُکھ سدوما دوم سُہ عامورا
پنجمیں شہر تتھ صعودا نام
روے گرداں چھہ ربِ قہار س

تُو بنا تتھ ڈیٹھکھ بہ طرزِ عجب
ڈراے تتہ واُتی در مقامِ حمیر
واُتی بیٹھہ مُلکِ مصرِ ہسے اندر
اوس تتہ زِندہ وُنہ سُہ بڈ و نٹھیم شاہ
مصر منزی پکاں بحشمت و فر
ڈراو پانئے براے استقبال!
باادب آو نزدِ ابراہیم
میزبانی تہنز سپنز منظور
اونکھ طبریہ ہسے اندر تشریف
لوکھ ہیتھ ژول تہ شہر گوو خالی
گے مسلمان تونگر و مسکین
وتہ منز دوٗرِ دہی وچھکھ نیران
ونو تمو یم چھ پانژ شہر عیان
چھے تژیمیم زعد چارمیں دو کا
چھی ڈلتھ پور از رہِ اسلام
رات دوہہ یم چھ متی گمتی زارس

---

لہ خوش آمدید ٢ہ مراد حضرت ابراہیم ٣ہ حکمران ٤ہ دہہ۔ دھواں۔

پُچھے زِنا تہٕ لواطِ بیہٕ شُدے کار ۔۔۔ لوٗٹ یِم تا جرٕن کراں بے عار
حاثرٕن کُن یہِ وٚون براہیمَن[١] ۔۔۔ قہرِ حق واتہٕ عنقریب یِمَن
توٗ وِہ یِتہٕ مہترِ نِکھو فرجام ۔۔۔ دَر فلسطین سُہ ووت از رہِ شام
ژاو شہرس اندر بجاہ و حشم ۔۔۔ حضرتِ سارہ گےٚ وُچھتھ خورم
سخت محنت تُلِتھ کوٗرُن آرام ۔۔۔ گُذراٰوِنی بخانہٕ کیٚنہہ ایام
حکمِ حق بر خلیلِ رحماں آو ۔۔۔ ہاجرس نِش تہٕ کر شاہ ٹھہراو
صبحہٕ کے وَقتہٕ سارِنیے وُچھ پوٚر ۔۔۔ ہاجرس کُن عطا گوٚ مُت سیٚے نورٕ[٢]
حضرتِ سارہ وُچھ تمیٚ رشکَن ۔۔۔ تَس تمی رشکہِ ژوٚنبہٕ ناٰوِنی کَن
تَس خلیلس ووٚتُن مَہ گرِتھ غمگین ۔۔۔ تھَو یہِ بژوٚنہ کُن مٚنے رسم تہٕ آیِین
بیٚنہِ دوٚپنس مٚنے کرِ یِم یہِ پسند ۔۔۔ حضرتِ ہاجرس زیوٚن فرزند
ہاجرس نِش اگر بنی ژٚے پسر ۔۔۔ سَر تہٕ تمیٚ سُند پسر بہٕ زہرِ وَن کر
وَحی تَس آو از خدائے غفور ۔۔۔ بی وَنی سارہ کرِی زِ تی منظور
تتھ اندر مصلحت مٚنے چھم پنہان ۔۔۔ یاٰدِ سَپدن ژٚے کیتی توٚی سامان
ووٚن خلیلَن تمِس جواب نعَم[٣] ۔۔۔ بی وَنکھ تی بہٕ کرِ مَہ بَر کانہہ غم
ہاجرس پوٚر گےٚ ادا نوٚ ماہ ۔۔۔ زاو گوٚبراہ تمِس سیٹھاہ دِلخواہ
شکلِ کنِی نازنین حسین و جمیل ۔۔۔ ناو گوٚر تَس جنابِ اسمٰعیل

---

١۔ مراد حضرت ابراہیم ٢۔ مراد نور محمدیؐ ٣۔ کلمۂ اقرار

حضرتِ سارہ سے سیٹھاہ ٲس رشک ۔ آیہ نزدِ خلیل ہوٚرن اشک[1]
پی ووٚنُن تس کر اے خلیلُ اللہ ۔ بہٕ یمن دوٚن کُنُے وُچھے کرزا نہٕ
تِتھ شُٹے یم تھوکھ بجالِ خراب ۔ آسہِ یتھ شایہ آب ٲسہ نایاب
تِتھ شُٹے نکھ یوٚتَن زِ جنسِ بشر ۔ آسہِ نہٕ کانہہ اَکھاہ زِ خوف و خطر
پیٚو وَر اندیشہِ کیاہ چھُ یتھ چارہ ۔ بے گوناہ کیاہ زِ بہٕ کرکھ مارہ
آس جبریلِ دوٚپنس اے حق دان[2] ۔ تِتھ عمل کر یہ سارہ چھے ژٕسے ونان
حضرتِ ہاجرہ وَدان بسیار ۔ اسمٰعیلس زٕٹھتھ میانِ کنار
از فلسطین زمین ٹکان زن واو ۔ واتِ تِتھ جایہ یتھ چھُ بطحا ناو
تِمہ دوٚہہ ناو اوس تِتھ بکہ ۔ واریاہ کالی تِتھ دوٚنکھ مکہ
بے زراعت سو وادی بے آب ۔ کنہٕ بالن اندر سیٹھا پُرتاب
مبوٕ کُلُ کانہہ نہٕ تِتھ اندر وو پدان ۔ اوس نہٕ کانہہ زراعتاہ سیدان
اَتھی مقامس اندر اُمن لسبغر ۔ یتھ شُٹے کعبہ از یوان بنظر
خُضر بستاہ تہٕ آبہ مشکاہ اکھ ۔ راتھ سحی کیثت لبس تیوٚتے غذا تھوٚوُنکھ
روخصتاہ ہاجرس ہیوٚتُن بہٕ قرار ۔ کعبہ چے جایہ کُن اوٚنُن رفتار
برُ بجہٕ یتھ بجانبِ باری ۔ برُ زبان تس دُعا سیٹھن جاری
ربنّا یوٚد منے اندرِ صحرا! ۔ تھوٚوکیا لُک یہ رحصہٕ اکھ تنہا

---

[1] اوٚش [2] اے خداشناس [3] جلدی سان [4] جلدی سان۔
[5] اِشارہ بآیہ کریمہ بوَادٍ غَیرِ ذِی ذَرعٍ (القرآن)۔

رَبنا یوّد مِتے اندریں صحرا — تھو عیالک یِہ حِصہ اکہ تہہ [۱]
از عنایاتِ خود یہ غیر آباد — بَلَداً اٰمِناً [۲] تھوون بمُراد
تھاو امن و اماں دریں فلوات — وارزُق اھلَہٗ مِنَ الثمراتِ [۳]
دِل لُوکَن ہِشدی تھو کُھمِین مائِل [۴] — سُپدِ یتھ رُت معشیتاہ حاصِل
سَتھ دِلس منز تھوتھ سُہ واپس دراو — در فلسطین سُہ سا ہے یِس نشہ آو
حضرتِ حاجرہ بمکہ زمین ا — بچہ ہِتھ روزی با دِل غمگین
اُسی پترارن خلیل یِیہ واپس — رات ییلہ آیہ گو تسلا تس
صُبحہ کے وقتہ گرم ییلہ گو رو — ترِیشہ با پتھ کورُن سیٹھاہ تنگ دو
پوٗرِ پُر نور [۶] بر زمین تھاوُن — سوئے کوہِ صفا قدم ترٹوون
از صفا دراپہ جانبِ مروہ — بییہ سوی صفا ڈیٹھن جلوہ
مروہ پیٹھہ تا صفا کورُن لڈ ستھ — حاجین پیٹھہ سپنی یہ لازم کتھ
تاپہ کے تزر ترِیشہ کور تس زور — در فلک تُل ملایکو اَدِ شور
آو نہ در نظر تمِس کُنہ آب — ڈُنی دِواں ہر طرف سپدی بے تاب
آیہ از بے کسی سوہ اوش ہاران — اسمعیلس نشہ سوہ گیہ لاران
سیکہ اندر سُہ تیز ژواں ڈیو تھُن — تھور سِتین سُہ سکہ ڈوان ڈیو تھُن [۵]

---

۱ رَبنا اِنّی اَسکنتُ مِن ذُرّیتی بِوادٍ غیرِ ذی زرعٍ ۲ - رَبِّ اجعل ھٰذا البلدَ
آمناً (القرآن) ۳ اتھ کمین باشندن کرِ میون ہشند رزق عطا۔ ۴ فاجعل افئدۃً
مِنَ الناسِ تھوِی الیھمِ (القرآن) ۵ حضرت اسمٰعیل ۶ نورانی فرزند مراد حضرتِ اسمٰعیلؑ

نکھہ پیٹھ تس بہ حکمتِ متعال[1] اَستہٕ بوزن صدائے آبِ زُلال
جوش ماراں سُہ آب زیرِ قدم حضرتِ ہاجراں وَنُن زمزم
پی دوٗن تتھ ٹھہرائے آب روز قائیم ذرا مہ کر زٕ شتاب[2][3]
تِ چھ فرموٗدہٕ شہِ لولاک[4] تَمہٕ وِزِ ہاجرہ سوٗ جدہٕ پاک
وَنہٕ ہے نہٕ اگر سُہ تتھ زمزم گژھہ ہے غرق تتھ اندر عالَم
ڈیوٗنتھ ییلہٕ ہاجرن سُہ آباہ صاف سنگب یستہٕ کرٕنی تمکی اطراف
آبِ شیرینٕ تمیک کوٗرن ییلہٕ نوش تشنگی ژٕنج تمس تہٕ پھیوٗرس ہوش
شکرِ احساں پوٗرن بسویِ جلیل لوٚ ییٚہٕ زمزم یہٕ یُمِنِ اسمٰعیل

## وُروودِ قومِ جرہم در زمینِ حرم و دیدارِ آبِ زمزم

در فتوحاتِ مکہ[4] چھُے مسطور[5] در تفاسیرٕ تی گوٚمُت مذکور
بوٚڈ عجائیب بسنگلاخ[6] حرم توٚن گرٕژھن آب چشمۂ زمزم
حضرتِ ہاجرہ تہٕ اسمٰعیل روٗدی تنہا در انتظارِ خلیل
یام واپس بسوے کنعاں دزاو قومِ جرہم بر آبِ زمزم آو
خانہٕ بر دوش اسٕ تم پھیران آب ڈیشتھ سیٹھاہ پیٚنی حاران

---

[1] اللہ تعالےٰ پنٕنہِ حکمتہٕ سیتی۔ [2] جلدی [3] برکتہٕ سیتی
[4] نام کتاب۔ [5] درج کرنہٕ آمت [6] حرمہٕ کِس کنہٕ آرس اندر۔

شوٗبہٕ وٕنۍ عورتاہ وُچھک بیدار — خوب روشیر خوار تس بکنار[۱]

اوس بوٗڈ قافلاہ سعادت یاب[۲] — ہاجرس نش تمو طلب کوٗر آب

بیٹھۍ ہمسایہ آبہٕ سۍ سر ہم — زمبہٕ ترٲوِکھ میان دشتِ حرم

ہاجرس پیٖ وونکھ ژٕ سے اَسی ہر سال — آبہٕ کۍ مول دِمو سۍ حِصّہٕ مال

گٔے سو راضی ژٕ جس سوتہٕ تنہایی — خیمہٕ دِیتہس الگ تہٕ زیبایی

بُسکتیاہ لٔج نوٗ سے بر آب زُلال — حضرتِ ہاجرس پرٛژھکھ احوال

دوٗپہس اسے پاکباز باعصمت — چھک کتیتھ وَنتہٕ چھک کہنز عورت

تمہٕ دوٗپنکھ مے چھُم وطن درشام — چھس بہٕ جُفتِ خلیل نیکو نام

شہرِ مصرس اندر بہٕ چھس زامژ! — پادِ در قومِ قبطیاں گامژ!

حمدِ بے حد خدا ے منّانس — باگہٕ آیس خلیلِ رحمانس

تمۍ یتیتھی تھاونس بامرِ جلیل — چھُم مے لختِ جگر یہ اِسماعیل

قومِ جرہم تہٕ بوزی تھے گٔے شاد — کٔر لوکٕٹۍ بستی تیاہ تمو آباد

بیٹھۍ اندر زمین بابرکات[۳] — رتی بنا وِکھ بلند تعمیرات

روٗچھ تمو لولہٕ سان اسماعیل — روٗی تمو ہر طرف درختِ نخیل[۴]



---

۱۔ کھونہٕ اندر۔ ۲۔ خوش نصیب

۳۔ مراد مکہ معظمہ۔ ۴۔ کھجور کُل۔

# بازآمدن خلیلؑ بہ تفحّص ہاجرہؑ و اِسماعیلؑ

گوٚ اَمی طورٕ کیوٗنٛژ کال اَدا
پیوٚ ہوَس[۱] دَر دِل خلیل اللہ

بێیہِ وُچھہن پَنٕنۍ ژ ٹوٚٹھ عیال
کیاہ بَنا آسہِ اَز تِہنٛدۍ اَحوال

سارٕ سۍ نِش ووٚنُن ژ رازِ دروٗن
دِم اِجازت مےٚ تھاوٚ تَم ممنون[۲]

کرٕ ہا حالِ ہاجرَہ معلوٗم
بێیہِ حال و حقیقتِ موصوٗم

سارہ خوتوٗنہِ کرٕ یہ کتھ تسلیم
شرط تھوٚوُن یہ ہیٚے بہ اِبراہیم

ہاجرس نِش گژھِتھ کرِتھ تسکین
اوٗنٹہٕ پیٹھٕ تھَوِ نہٕ قدم بہ زمین

اوٗنٹہٕ سۍ پیٹھٕ ژٕ روٗزی زِلس ساتھاہ
پترِ واپس کرِتھ مُلاقاتھاہ

دراو اوٗنٹس سوار یام زِ شہَر
ہاجرس نِش ژ ووت تا دوٚپہر

دوٗرِ یامتھ خلیل پاک شعار
اوس دوران بَہہ اُشتر رہوار

ڈیوٚنٹھ بیلہِ ہاجرن ژ مہر کرم[۳]
تَس وُچھِتھ گےٚ سیٹھاہ خوش و خرم

بہرِ تعظیم بَر وٕنٛٹھ سۍ دراییَس
با ادب روبرو وَنکھ آیس!

عرض کوٚرنَس وَسِو اَنو تشریف
ساںٛنہِ گھرِ اَکھ شباہ کرِو تکلیف

ووٚن خلیلن تمِس مےٚ کرٕ مکھ یاد
بوزِن وُٚسن چھُم نہٕ سارٕ نےٚ اِرشاد

چھُم مےٚ تَس سیتۍ وعدٕ کُے اِقرار
اوٗنٹہٕ پیٹھٕ زانہ کرٕ وَستھ نہٕ زِنہار

---

۱۔ خیال، آرزو ۲۔ احسان مند ۳۔ مُراد حضرتِ اِبراہیمؑ۔

حضرتِ ہاجرن سیٹھاہ بُڈ کُنی     اُونٹہِ ہیے نِش بزیرِ پا آسَس اُنی
کَنہِ بیٹھہِ یام تھوو خلیلَن پایے     گوٗ شُنِتھ نقش، ہاجرن لوٗب آیے
گَتھ کَرِنی تَس مِثالِ پروانہِ     نِصف مولَیس تمِس کوٗرُن شانہِ
بیٖیہِ طَرفہِ ہیچ لیٗبن ییلہِ وَتھ     نقشِ پایے دوم شُنِتھ گوٗ تَتھ
شانہِ کوٗرنَس بہ نِصف موٗیے شمیم[۱]     ناو کَنہِ پیو مقامِ ابراہیم
حَرمَس مَنز سو کُنی چھیے دَرِ یکسوٗ     زائِرن حُکم آو واتخذو[۲]!
الغرض ہاجرن بہ پیشِ خلیل     تھوو انَس روبروٗ سُہ اِسماعیل
ہالی ییلہِ ڈیوٗنتھ کالی لختِ جگر     شُکر پوٗر تمی بجانبِ داوَر
باوی تَس ہاجرن بغیرِ مَلال[۳]     زَمزَم وحَجرہِ ہِکی تمام احوال
گَوَ تہِ بوٗزِتھ خلیلِ حق شادان     دِراو واپَس بجانبِ کنعان!
گُنہِ شیٖیہِ بَر زمیں تھوٗون نہ قَدم     ووت نِشہِ سارہِ ہیے سُہ دَر یکدَم
حضرتِ سارہِ ہیے وَوٗنُن سُہ کلام     بوزہِ نادِنی تیہند سُہ حال تمام
اوس مہمان نواز پاک ضمیر     گَرہِ نہِ مہمان سَرایے اَکھ تعمیر
اوس لنگر تیہند سیٹھاہ مشہوٗر     سیٖر سَپدِ ییہِ فاقہِ ہَتی مجبوٗر!
واتِہ ہیے نہ اگر تمِس مہمان     اوس نہ کانْہہ غذا کھیوان اَز خوان

---

۱۔ خوشبودار     ۲۔ وَاتَّخِذُوا مِن مَّقَامِ اِبرَاھِیمَ مُصَلّٰی (القرآن)۔     ۳۔ آزردگی بغیر۔

اوس ہفتس تہ فاقہ دنہ پراران ۔ واتہ ہے نہ یوتام تس مہمان
کیہو نش کالاہ گژھمتہ دگر بارہ ۔ گو مرخص ز حضرتِ سارہ
دوپنس اے سارہ رشک از دل تراو ۔ اسمٰعیلن منے لول واراہ آو
سارنے دولت تمس چھ تی اولیٰ ۔ اوتھٹہ پیٹھہ بوزن وشن چھنہ اصلا
دراو ملت[1] پناہ وقتِ سحر ۔ ووت اندر حرم تہ قبلِ دپہر
اسمٰعیل جمیل پاک شعار ۔ اوس امہ دوہہ گومت برائے شکار
عمر امہ دوہہ ژوداہ[4] وری اسن پور ۔ در نکاح جرہمو بخشمژ کور
آو تا شام شہر کُن واپس ۔ اوس نہ بوزن وشن اجازتھ تس
اکہ دوہہ تابہ ہفتہ کانہہ مہمان ۔ آو نہ تس خلیلہ سے بر خوان
پی چھ اندر مدارکِ التنزیل[2] ۔ روود فاقے توتام پاک خلیل
ناگہاں آکھ ژ نی سپنی مہمان ! ۔ گو خلیلِ خدا سیٹھاہ شادان
ڈیکھہ مژرتھ تمن جوابِ سلام ۔ یور ہ کورنکھ بعزت و اکرام
اوس عادت خلیلہ سند ہرآن ۔ ژنڈت کھیوان اوس نہ بجز مہمان
جلد تمی اکھ وو ژھا کورن بسمل[3] ۔ پیش کورنکھ تہ گو کھینس شامل
بور نہ مہمانہ وے امتک رغبت ۔ گرہ نہ ہرگز تمو اتھن حرکتھ
سارنے پردہ پتی وُچھن پنہاں ۔ چھنہ مہمان کھیوان کینہہ از خوان

---

۱۔ مراد حضرت ابراہیمؑ۔ ۲۔ نام تفسیر ۳۔ ذبح

تَنبہِ لیتھ شوہرس تہٕ بووُن تام — کیٛاز یم رۄدی پَھِتھ زِ خوانِ طعام
تمی پژِ ژھکھ کیٛاز توٚہی کھیوان چھوٚ — خوانچَس کُن اَتھ نوان چھیوٚ نہٕ
تورِ دوٚپہس کر اے خلیل اللہ — اَسی چھِ مہمان ولے کھیوان چھنہٕ زانہہ
پیٚیو دَر اندیشہٕ[2] تَس دِلِ پُر نوٗر — مہمان طورِ مایم آسَن ژوٗر!
تَتھ زمانَس اندر یوٗ ہَے دستوٗر — اوس ییلہِ کانٛسہ لَش پوان کانٛہہ ژوٗر
تہندِ گھرِ اوس نہٕ کھیوان بےشک — اوس زانان مےٚ رۄد حق نمک
ژیٛون مہمانہٕ وے تہند سُہ ہراس — ڈینہٕ لگی تس مہ حَفِ بر وسواس
اَسی چھِ قدسی چھُ ربہٕ سُند ارشاد — چھِ کرن قوم لوط از برباد
ییٚتھی شبس مشر کرو کھ زیرِ زبر — سیدِ آزاد لوط پیغمبر
لیکن از روٗے حکمِ یزدانی — پیٚیو ژِے لَش یِن بطورِ مہمانی!
آیہ پژھ لاگِتھ ژِے دَر دربار — کَرِ ناو وتھ ژِ ہفتہ پتہٕ افطار
سارہ نے کوٚر تبسماہ[3] بہ سُرور — ملکو تس ڈیٚتھ بشارت[4] پوٗر
بوز گوٚبراہ زیوی بنام اسحاق — بختہ بوڈ آسہ شہرہٕ آفاق[5]
سیدِ تمی سے عطا پسر یعقوب — اسرئیل آسہ تس لقب ژِ خوب
جبریلن ییٚتھے پہ سِر تس بوٗو — حضرتِ سارہ نے تعجب پژ ووٚ

---

۱: بآیۃ فلمّا رأیٰ ایدیھم لا تصل الیہ نکرھم (القرآن)
۲۔ فرشتہ ۳۔ خوشی سیتی ۴۔ خوش خبری ۵۔ مشہورِ عالم۔

دپنہٕ لٔج چھُم یہ کتھ عجیب پوان
چھُس عجوز و عقیم چھا امکان

کوٚر فرِشتو تمِس جواب بیان
پرٛ ژٕ قالوا اتعجبین قرآن[١]

حق تعالےٰ چھُ چارٕ سازِ عباد
کیاہ چھُ نس یوٚد کری بر رحمت شاد

قُدسیو یام تس کوٚرُکھ یہ بیان
دوٚیمہ سارٕ تی چھُ کیاہ تمیک مٮ۪نے نشان

تام رُوح الامینہٕ نِیے جل جل
خوشک شاخاہ نیبر کوٚڈن زِ بغل[٢]

سارٕ ہس کُن دوٚشن رُون یہ نِہال
یام تمہٕ رو تہٕ سبز گو فلحال!

برگ تہٕ میوٕ تتھ تمی آنہٕ
دراہ یہ سیٹھہٕ سارٕ نٮ۪ے تہٕ وُچھ پانہٕ

جبرئیلن دوٚلنس یہ ہے چھئے مثال
وُچھ تہٕ کیاہ سبز گو یہ خشک نِہال

چھا تعجب زِ بارگاہ بُلند
گژھِس متہٕ عطا کرُن فرزند

موٚ خضرؑ بوز تھاد کن وارٕ!
گۓ با سحاق بار ور[٣] سارٕ!

زاو نو ریتھہ گژھتھ تمِس اسحاق
سُہ تہٕ مرسل بنیاو در آفاق

حضرتِ سارہ گیہ نہایت شاد
تس تہٕ حاصل سپٕن پرٛن مراد

## آزمائشِ خلیلؑ و حکمِ قربانی اسماعیلؑ

ساقیا آبِ زمزمِ عرفان!
چاو تم چھُم دِلس یوہے ارمان

باوٕ ہا حالِ امتحانِ خلیلؑ
صبر و تسلیم و شانِ اسماعیلؑ

---

١ - قَالُوْٓا اَتَعْجَبِیْنَ مِنْ اَمْرِ اللّٰہِ (القرآن)

٢ گژھہ نشہٕ - ٣: حاملہ - گوٚ بہ کھوٚرٕ -

اَز احادیثِ و نصِ قرآنی ! چھے مُدلّل مثالِ قربانی !
مُدتھاہ گو خلیل در کنعان اوس در یاد و ذکرِ حق سُبحان
خوان مُزر آدی تمی پیٹھ اتفاق زاو اَز سارہ حضرتِ اسحاق
زاس فرزندِ نازنین صورتھ وائنسہ کنی اُس پُترِ اکہ کم ہتھ
زاو ییلہِ پُترِ نیک اختر تس ! گو زِ دِل دور رشکِ ہاجرِ تس
تس خلیلس دِلس خیالاہ پیتو سارِ ہسے نِش شہ بنیہ مُرخص گو
دوپنس اے سارہ وونی پھولے ژنہ باغ کو سنے ژنے حقن دِلگ شُے داغ
تراو اَز دِل مَلال چھُس عازم ہاجرس نِش گژھن اجازت دِم
وار یاہ کالی مال غالب گوم شوقِ دیدارِ اسمٰعیل ہر قوم
دون لُٹن مَنز گژھِ ہتہ منے ژھنے رکد صبرِ و آرام چھُم گو مُت مفقود
سارِ نہِ دون تمِس بخشن ادب چھُے اجازتھ ژنے یود لگی تتہِ شب
یام تمہِ رو خصتاہ دتیُس خوشدِل گئے خلیلس فراغتھاہ حاصِل
ووت ییلہِ در حرم خلیل اللہ بڑو تھ ٹِہ تس آو اسمٰعیل براہ
گرمہِ سے دوہلہِ اَز محلِ شکار اوس آمُت تیتھے شہ گُل رُو خسار
روِے نازِس تمِس عرق اوسُت زنتہِ شبنم یہِ برگِ گُل پیٹھِ مُت
نون تمِس عکس نورِ حق زِ جبین دِل رُبا نازنین امو بہِ حسین

---

۱؎ خروج کرنہ خاطر ۲؎ مُراد حضرتِ اسحاق ۳؎ آماد ۴؎ گُم شدہ۔ رود مُت۔

رُخِ روشن ہِکا کِل شبگون ![1] / رأژ منز پڑھ نِپان ژوہ آہم زون
شاد دِل گو جنابِ ابراہیم / رو برُو آس ییٚلِ غلامِ[2] حلیم
وُچھ خلیلن یِتھے سُہ لختِ جگر / اوٗنٹہِ پیٹھ لوٗن وستھ رٲژن[3] در بر
عاشقانہ سُہ روبروتس بیوٗٹھ / خانہٕ مأکس برُخ ڈیٖٹھن تمی میوٗٹھ
آو نِشہِ ہاجرس ڈیٖٹھن تسکین / صبرہ سےٚ پیٹھ تمِس کوٚرُن تحسین
شب گذورن تہٕ دراو وقتِ سحر / ووت سارِس نِشے سُہ اندر شہر
کوٚر ادا حمد تمی سوے مولا / ییٚمی بڈتھ کرِی مےٚ یمہ زٕ نوٗر عطا[4]
آو ناخوش یہ شیوہ شیطانس / ازلی دُشمناہ چھُ انسانس
سوےٚ یحق دپہٕ لوٗگ سُہ دیوِ ذلیل[5] / خلتس[6] مستحق چھُنہٕ یہ خلیل
کیاہ چھُ دعوا کرُن زِ خلتِ تس / اسمعیلس چھُ ژوٚر محبت تس!
کرٕ لعینن خلیلہٕ سٕنز ییٚلہٕ گرٕاو / آو درجوش غارتک ڈری یاو
ملکن کوٚن یہ کتھ جلیلن ڈنی / چھم کرٕنی عظمتِ خلیلی نٔنی
کونچھ شرٕ دُشمن بذاتِ خلیل / ہاوِ ووہنی عالمس صفاتِ خلیل
دوستس دُشمنن کوٚرن یوٗد ژھل / شرٕ منز خاطرٕ کےٚ دِمس بوچھل
آفتابن قدم بہ مغرب تھوو / ستمہ ذی الحجہ چھِ ژوٗنہٕ پرتو ترٕوو

---

[1] سیاہ رنگ۔ [2] مراد حضرتِ اسماعیلؑ [3] نالہٕ مَتی۔ [4] اشارہ بآیہ کریمہ اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِیْ وَھَبَ لِیْ عَلَی الْکِبَرِ اِسْمٰعِیْلَ وَاِسْحٰقَ ط اِنَّ رَبِّیْ لَسَمِیْعُ الدُّعَآءِ (القرآن)۔ [5] مراد شیطان [6] مراد دوستِ خدا ناتس لایق۔

کالہِ چَھن تمی پَس از عبادتِ رب — ڈاف ترووُن زٕہِس اَکِس دَر شب

خابہٕ مَنٛز بُنی تٔمِس سٕیٛن فرمان — "صُبحہٕ نِے دوہتھ تہٕ جُلد کَر قربان"

یام بیدار گوٚ زٕ ہیبت پُر — کٔرِن قٔربان تِتھے سبٕٹھاہ اُشترٕ[١]

دوہ اَدا گوٚ تہٕ آیہِ بٕنیہ بٕیِہ رات — پٔتیہِ خلیلس زوٗلہ پَس از کلمات

اُتھ شبَس[٣] منٛز تہٕ تَس گوٚ رٕکھ تاکید — کَرٕ زٕ قربان چھُ مِلنک تمہید[٢]

اوس ذی الحجُک یہِ اِٹھیُم شَب — صُبحہٕ نِے دوہتھ خلیل پاک لقب

بٕنیہِ وار یاہ شُتر کٔرِنی قوربان — لیلۃ الترویہ اُتھی شبَس چھِ وَنان

ترٕیِیمہِ شبہٕ کالچَن وُچھُن بٕنیہ خاب — خابہٕ مَنٛز تٔمِس گوٚ رٕکھ یہِ خطاب

اے خلیلا! اگر زٕ سون یَنیُوکھ! — کِیاز مشغول غیرِ[٤] مولےٰ گوکھ

یوٗد خلیلِ رٕ جلیلی چُھکھ — کِیازِ دَر بَنٛدِ[٥] اسمٰعیلی چُھکھ

کیاہ خلیلس چُھ مُجز جلیل بکار — زٕٹھ تعلق دِلُک زٕ از اغیار[٦]

چھا دِلُک خانہٕ جایہ بیگانہٕ — چُھے نہٕ قطعَن یہِ شرطِ یارانہٕ

چُھکھ اگر تابعِ رضاے جلیل — ہار جَل جَل زٕ خوٗنِ اسماعیل

وُچھ خلیلَن یہِ خاب لَس طرفہٕ[٧] — اُتھ شبَس ناو پیوٚ شَبِ عرفہٕ

صُبحہٕ نِے دوہتھ سُہ تھوٚد زِ سجّادہ — بٔہرِ ذبحِ پسر گوٚ آمادہ

---

١ اوٗنٹھ ٢ دُرست کرُن۔ آغاز ٣ ذی الحجُک اٹھیُم شب۔
٤ ماسوی اللہ۔ یہِ خدایس بغار چُھ ٥ فِکرِ منٛز ٦ غاڑن لشہٕ۔
٧ سیٹھاہ عجیب۔

آو نِشہٕ سارٕ ہےٚ ہیۆتھ رۆخصتھ　　سوی اُمّ القریٰ ہیتھٕ ژٕن تمی وتھ
ووت ییلہِ تیزِ گام[۱] سوٗ یے حرم　　پی وۆنُن ہاجرس سنبھالِتھ دم
اسمعیلس ژٕ رُت لباساہ وَل　　غُسل کری تھٔے ژٕ سوٕرمہٕ لاگُس جل
کالہٕ مولیس ژٕ شانہٕ کَر لالَس　　یارٕ سٕنٛدُ ے چھ اَز گژھُن سالس
نازنین تَن زٕ آبِ گُل چھلتَس　　عطر و عنبر ژٕ کاکلن ملتَس
یار بیٚیہٕ یارٕ سٕنٛدی سۆمتھ خُدام　　بہر دیدار منتظر چھ تمام
کَر بہ تعجیل وُتَس ژٕ آرائِش　　اَز چھنے یارَس تہٕ اَمی سنٛزٕ خاہش
شوٗبہٕ وُن یالباس گُل رُخسار　　یارٕ ڈیشِتھ تَس تہٕ روزِ مینوٗن قرار
ہاجرَن بوز ییلہِ خطابِ خلیل　　گیہٕ نہٕ کینٛہہ مُطلع[۳] زِ خابِ خلیل
نوٚو لباسا باسمعیل وۆلُن　　زَمزَمس بیٚٹھ سہٕ بے عدیل[۴] چھولُن
زُلفِ مُشکینہٕ ہےٚ دِتِن تَس تاب[۵]　　سوٕرمہٕ لوگُن تَمِس بَصد آداب
پانہٕ پارووُ تَمہِ سہٕ ماہِ عذار[۶]　　شانہٕ کورُنس بموِیہٕ عنبر بار
دِلٕ وۆن سہٕ نازٕ تہٕ سازٕ　　گوٗ بنِتھ نازنین مہرازٕ
دوٚپنَس اے نورِ دیدہ دُوربچمن　　ژالِنٛگ چھمنہٕ تاب وَنٛدےٚ کۆرمن
کیاہ خبر چھَم لِبطورِ مہمانی　　تھاوہٕ ہم یُتھنہٕ داغِ ہجرانی
کوٚر خلیل اللہن مدارا تَس　　راز بوٗون نہٕ آشکارا تَس!

---

۱ تیز رفتار　۲ مکہ معظمس کُن　۳ خبردار۔ واقف　۴ بے مثال۔ بے نظیر
۵ چمک۔ گرہ　۶ خوبصورت۔

ٹلی کیہ دۆپنس منے چھم یہ نیون ناچار | سوی دعوت سراے حضرتِ یار

بوزی تھے ہاجرن کورس تسلیم | پشر وون لسوی ذاتِ کریم

شادماں بیٹھ تہ سکوتس[1] کورن | یفعل اللہ مایشاء[2] پورن

نوم ذی الحجہ کہ یہ دوہ یلہ ووڈ | کور خلیلن اتے شبس ٹھہراو

## روانگی بہ طرفِ منیٰ

وقتِ صبحن خلیل و اسماعیل | دراے نشہ ہاجرس لعزمِ رحیل !

ستی اکھ رز تہ بیئہ ژین اکھ شراک | ڈنشتھے ہاجرہ سپنی غمناک !

پرژھنہ لج تس بدیدۂ نمناک[3] | کیاز ہمراہ تجتھ رس[4] تہ شراک

وون خلیلن تمس مہ گژھ درغم | در سفر رز تہ شراک چھا جتھ چھم

چھا خبر بر ونٹھ ماپنیم منے شکار | شراک نہ رز پیم تتین درکار

نتہ قربان کرن منے آسم ما | کیاہ بہ کرہ شراکہ تہ طناب[5] سوا

پی ونتھ ہاجرس کورکھ پدرود[6] | گریہ کے شور وۆتھ ز چرخ کبود[7]

از زمیں گو صدایہ گریہ و آہ | آو در لرزہ عرش ذاتِ اللہ

آو ابلیس کینہ خواہِ قدیم[8] | گو شہ واقف ز رازِ ابراہیم

---

۱۔ خاموشی ۲۔ کران چھ اللہ تعالےٰ یہ سہ ییژھہ ۔ ۳۔ ودۆنہ چشمو
۴۔ رز ۔ طناب ۵۔ رخصت ۶۔ آسمانہ نشہ ۷۔ حاسد دشمن

گوس ناخوش یہ خوشگوارا[1] کار
بادِل خود کورُن یہ حیلہ تیار

"گژھ اول بجانب ہاجر
اسمعیلنی دلُس زِ قتلِ خبر

در دِل زن چھےٚ کم شکیبائی[2]
کرِ تُس نِش بہ مکر آرائی"

دیوِ ملعوٚن پی ڈنبھ زاگتھ!
وٚدت نِشہ ہاجرس بُڈاہ لاگِتھ

چُھس پرژھان منٚے وَنتہ کیاہ چھےٚ دلیل
اسماعیلس چُھ کوٚت نوان یہ خلیل

ہاجرن دوٚن تمِس بحُسنِ مقال
دوستن اَکی یمن چُھ کوٚرمت سال

دوٚن لعینن[3] تمِس بہ یاوے صاف
بے خبر چھکھ وَنے بہ زانہہ بہ خلاف

چُھس نہ پرژھی لاز بنِشن یہ اسماعیل
ٲلی کرِ ذبحِ پسر چُھ قصدِ خلیل

لار پتہ تَس اَمن شہ ڈلی والِس
نتہ گژھِ قتل نازنین[4] بےٚ کَس

ہاجرن دوٚپنس اے خراب نشان
اصلہ تل چھکھ ژ بوٚڈ سیٹھاہ نادان

ژھوٚپہ کر چھے یہ کتھ زِ عقل بروٚن[5]
مول زانہہ ہار نہ نیٚچوی سُند خوٚن

یہ گمان مُطلب خلیل چُھنہ
تَس عداوت بہ اسماعیل چُھنہ

دِل ہیٚیا تَس ہیٚیا فلکِ[6] بر خاک
خانہ مارِس شہ لاگہ حلقس[7] شراک

توِر دوٚپنس تمِس چُھ تی مطلب
آسہ ماتَس تہ حکم حضرتِ رب

تمیٚ توٚے رز تہ شراکھ نیہ ہمراہ
کرِ قربان تمِس بحکمِ اللہ

ہاجرن بوٚز ییلہ شہ سِرِ نہاں[8]
چھس وَنان چھکھ ژ ظاہرن شیطان

---

[1] پسندیدہ کام [2] صبر، برداشت [3] مُراد ابلیسن [4] یعنی اسماعیلؑ
[5] نیٚبرٚ [6] آسمان زمینس پیٹھ [7] ہٹس [8] پوشیدہ راز۔

یوٗد خلیلُ اللّٰہس چھُ حکمِ خُدا — تِتھ چھ تس ساس اسمٰعیل فِدا

ساسہٕ بدی ہاجرہ تہٕ اسماعیل! — تس خلیلس فِدائے امرِ جلیل

خابہٕ مَنٛزٕ یہ تمیٚ کوٚرُن ادراک — تی چھُ برحق زِ کذب و بہتان پاک

ہاجرس نِش لعین گو نومید — گو خلیلس نِشہِ بحیلہٕ و شید

چھس ؤنان اے خلیلِ رحمانی — کیاز کرہن ذبح یہ نورانی

چھے یہ خورشیدِ اوجِ محبوبی — غنچہٕ شاخِ گُلشنِ خوبی!

راغِ لُطفک یہ سروِ خوش رفتار — بارِ غِ حُسنک یہ قمری عیّار

دِنہٕ چھوٚدُن تہٕ عنفوانِ شباب — زان فرزند آسُنک آداب

دوٚدمانِ تِنوٚتک چھُ چراغ — مہوشن شسارِ نیٚ چھ اَمی سُند داغ

کیاہ چھُ باعث زِ یتھ جگر پارٕ — پارٕ کرہن ژٕ غور کر وارٕ

گر تامُل ہنا مہ کر تعجیل — چھے زِ شیطان یہ خاب گر تبدیل

ورنہٕ از طرفِ کردگارِ رحیم — قتلِ ناحق کرُن چھُ منعِ عظیم

مُدعا اوس دیوِ ملعونس — ہاوِ گمراہ خلیلِ بے چونس

خُلتس مَنٛزٕ بہٕ علتاہ تراوس — ملتس مَنٛزٕ خیاناتاہ پراوس

حیلہٕ ؤنی ؤنی لوگس نہٕ تس کانہٕ صاد — کوٚر خلیلن اعوذُ باللہ یاد

---

۱۔ فریب ۲۔ مراد حضرت اسماعیل ۳۔ خوبصورتی ہنٛز بلندی ہُند آفتابہٕ۔
۴۔ حُسنہٕ باغچہ لنجہ ہُند پھولہٕ ؤن لوٚر ۵۔ نزاکتہٕ کہٕ سبز زارُک خوش رفتار سرو۔
۶۔ حُسنہٕ چمنُک چالاک قمری ۷۔ جوانی ہُند آغاز ۸۔ خاندان ۹۔ چشمَن۔

لو یِنس استعاذ[1] کےٚ اَکھ تیپر — نیر شیطان زٕ چھکھ بصورتِ پیر
خاب میٗونےٚ چھُ وٕحی رحمانی — بٔرم دِیم کیاہ یہ چانی شیطانی
بلۍ کرِیم آے انبیاہ زِ خُداے — اَز شیاطینن تمن چھُنہٕ پرواے
دوپ یہ کینژھا مےٚ دوستن درخاب — تی مےٚ مانُن بہ جان و دِل چھہ صواب
تمۍ وونُس تور چھُم لوان مےٚ دریغ — یتھ نیچو مارہن ژٕ پانہٕ بہ تیغ
ییلہِ ابلیسہٕ نےٚ تمِس لٔشہِ وون — آتشِ خشم گو خلیلس نون
بی ووُن تس لعین مکارس — نٹھاو کٔن چھُسنہٕ کھوژمت نارس
جبریلس مےٚ بوزنہٕ تتہِ کتھ — مانہٕ کیاہ چون چھےٚ زِ حق لعنتھ
چھُم مےٚ اَز ذاتِ ذوالجلال قسم — یود نیچوی ساس لچھ مےٚ آسہٕ ہنم
حُکم قُربان مےٚ داتہِ ہیم زِ قضا — ذبح کرِہکھ بہٕ تم بہ تیغِ رضا
چھُس مُبرا[2] زِ حُبِ فرزندی — بس مےٚ چھُم یارٕ سٕنٛز رضا مندی
اَز براہیم گو لعین محروم[3]! — گو دِوال نزدِ اسمٰعیل شوم[4]
دپنہٕ لوگ تس کرِاے نِکو اختر — بابہٕ کوت چھےٚ نوان چھیاٹ نے خبر
تمۍ دوپُس کور خلیل یارن یاد — مالۍ ژٕ ترن چھُ یارٕ سٕندۍ تاد
یارٕ نےٚ تس چھےٚ دعوتاہ کرِمژ! — سانہٕ بابَتھ ضیافتاہ کرمژ
دون لعینن تمِس یہ چھےٚ ژٕ نے غلط — چھکھ ژٕ قربان تمس کرُن فقط

---

۱ خدایس پناہ منگُن ۲ پاک ۳ نا اُمید ۴ یعنی ابلیس۔

چھکنہٕ نیٚشن تَس ژٕ بہارِ مہمانی — چھے نوٲنی براے قربانی!

تمی دوٚپُس آسہٕ ٲس شفیق پدر — کرُچھ مُمکن سہ ہارِ خوٗنِ پسر

بے گنہٕ پاٹھو مَتہٕ وَتے از تام — مٲلی چھا موٗرمت نیٚچوٗ بہٕ حُسام[1]

مہرباں مٲلیے سہ تاب چھُکھ کرَ — کھاوِ بَر حنجرِ[2] پسر خنجر

وَنہٕ لوٗگ تَس لعین آتش زاد[3] — آسہٕ ماتَس تہٕ رَبہٕ چُھ شند ارشاد

چھُس نہٕ تَتھ چارہٕ کانہہ کرِ سہ ہلاک — چھَس تَوے سیتی رلیمان[4] تہٕ شراک

تمی دوٚپُس چھُکھ ژٕ بوٚڈ سیٹھاہ احمق[5] — یوٚد خلیلس چھُ حکم حضرتِ حق

کوٚنہٕ اَدٕ روز تَتھ بہٕ دارِ تھ سَر — دَر رہِ دوست چھُم مرُن بہتر

ذَبح کرِ حکمُ یارٕ چُھ شند فرمان — یوٚد چھُ تَس بہٕ فدا کرُس زوٗجان

بڈ لوٗگُس دِینہٕ چھُم دوٚہتھان خار — گوٚژھ نہٕ بیٚڈٕن ژٕ ہیوٗ جوان مار

چھُتھ نہٕ وُچھمت ژٕ کینہہٕ بہارِ شباب — چھُم یقیٖن شراکہٕ تل انگھ نہٕ تاب

چھے ژٕ ہر چیز ٹوٗٹھ جانِ عزیز — یہ جہاں غیرِ جاں لوٗی نہٕ پشیز[6]

چھے ژٕ بہتر ژلُن یہ ہے چھے آن — صاف دوٚنکے یہ دَم غنیمتھ زان

اسمٰعیلن زٕ حیلہٕ گر ملعوٗن — گوٗش بیلہٕ کوٗر یہ بُر دُعا مضموٗن

پی دوٚنُن تَس بڈاہ ذرا کِتھ پتھ — چھُکھ ژٕ شیطان توٗے فنتھ پرٕژھ گتھ

بابہٕ صابَس یہ حکمُ دُیت یارَن — تَتھ بہٕ چھُس بارِ ضا یہ ہوٚٹ دارَن

---

۱۔ تلوارِ سیتی ۔ ۲۔ ہٮ۪ژس پیٹھ ۳۔ مُراد شیطان لعین۔
۴۔ رز۔ طناب ۵۔ مُراد شیطان ۶۔ نیک پوٚشِس وقت۔

سپد قربان اگر بہٕ عشقہٕ شہید
گژھہ یودوے براہِ حق مذبوح
چھا روا از رہِ رضا ژلہٕ نۍ
بُتھ سیاہ گو رجیم شیطانَس
پیٚو دٕزتھ تس زِ نارِ حسرتھ چھوٚر
رٕود دُنبال سے بہٕ اسماعیل!
یا اَجی تس وۄنُن بہٕ تشنہ لبی
تمۍ دوٚلیس ٹاٹھ چھے یہ بوڈ دشمن
ہوٚنۍ شٕند شیوہ آد گرار کرُن!
اسمٰعیلن زِ روے حکم پدر
کوٚر خلیلن تہٕ از حجارہ زوٚن
جمرٕ ترٚین جایہٕ تۍ کوٚرن زانگاہ
الغرض اسماعیل و ابراہیم
بانیٔ ملتن قدم تھووٗن!
بامتانت تمس وۄنُن خلوت

سوٚے متے دیدن چھے در دو عالم عید
ابد الدہر چھم متے راحتِ روح
از دمِ تیغِ ابتلا ڈٕلہٕ نۍ
باد تس رٕود مکر و دستانس
بیٚیہ تمۍ تس سیٹھاہ مبالغہٕ کوٚر
اسمٰعیلن ندا دیُتن بہٕ خلیل
زنجہٕ ناوان متے چھم یہ پیرِ غبی
کٔن مہٕ تھاوس کتھن یہ چھے ریزن
شوٚبہٕ ڈٕلۍ ڈٕلی یہ سنگسار کرُن
کنہٕ کینہہ لایہٕ نس لغارِ خطر
ژٕڈل تمیٚتھۍ سنگسار گو ملعون
حاجین سنت خلیل اللہ
واتی اندر منیٰ بعزمِ صمیم
رٕو برٕو اسمٰعیل بیٚہنووُن!
یود زِ چھکھ میانہٕ روحہٕ گے راحت

---

۱ ذبح کرنہٕ آمت۔ ۲ گشتہٕ ۳ ہمیشہٕ خاطر ۳ فریبس ۴ تاکید۔ خدٕ میبر۔
۵ نزلیشہٕ ہوت آسِتھ۔ ۶ گند ذہن ۷ کنہٕ پھلی لاینہٕ ۸ تمی وقتہٕ پیٹھ ۹ مکہ
معظمس قریب اکھ مقام یتہٕ حاجی قوربان چھ کران۔ بازار منا ۱۰ محکم ۱۱ سنجیدگی سان۔

باوِ ہے اکھ کتھاہ ژٕ بوزکھ نا — ساعتاہ کَن تھَوِتھ ژٕ روزکھ نا
چھکھ ژٕ محرم درین سرائے[1] تباہ — راحتاہ چھا لگانٕ فضلِ الٰہ
دُشمنن سوکھ تہٕ دوستن کیٚت دوکھ — لوگ زِ تیغِ بلا[2] منز کاری چھوکھ
آتشِ امتحان منز ژالُن پیوم — یارٕ ہندِ دادِ[3] پان گالُن پیوم
آس دَر اِبتلاء منز آیہ صَلا — چھیٚ وِلا دَر بلا فنا چھُ بقا
وُچھ منز خالِس اَندر[4] لگانٕ خلاف — ذبح بہٕ ژٕ کراں منز وۄنی صاف
نوٚن منز وۄنی یہ سرِ پنہانی — وَنتہٕ ووٚنی کیاہ چھنہٕ مصلحت جانی

# آدابِ فرزندی فیضانِ نظر یا کرامتِ مکتب

عاشقو کَر بہٕ دِل ژٕ حاصِل دَرد — دَر رہِ دوست وُچھتہٕ کَم گَے مَرد
آدمی بہرِ درد گوٚ پیدا — چھنہٕ انسان ئیس آسہٕ دَرد ہوا
بےٚ تأمل جوابِ اسماعیل — یارٕ ہندِ لولہٕ چھیٚ چھنہٕ تانٕ دٔلیل
دوٚپنس اے بابہٕ بہٕ چھُس ژٕے فِدا — کَر عمل تتہٕ یہ چھُے ژٕے امرِ خُدا
چھُے یہ فرمانِ قادرِ متعال — تتہٕ مُبدّل کرُن چھُ امرِ محال[5]
عوض[6] اسمٰعیل چھُنہٕ امکان — غیر امکاں چھُ یارٕ سُند فرمان

---

[1] مُراد دُنیا [2] آزمائشِ ہُنز تلوارِ نشہٕ [3] دوستی۔ [4] اندیشہٕ لگانٕ۔
[5] ناممکن [6] بدل

رٕبہٕ ٹُنڈٕرسے یرٔژھن یہٕ آسہِ اگر　　منٛے لبکھ صَبرٕ والہِ نٔے اندٔر[1]

خابہٕ سے چھُے ژٕ تے وحیِ ربّ تعبیر　　گژھہ قربان مَہ کرِ ژٕ اتھ تاخیر

یارِ سُند حُکم کرِہ بہٕ دِل منظوٗر　　میوٗن گوٗسَر تہٕ روز کَتھ مشہوٗر

کرٕ خلیلَن پرٕ اسمٰعیل نَظر　　بارضا تمی وُچھُن سہ دارِتھ سَر

دوٗپنَس اے کشتۂ محبت حَیٛ　　وَنتہٕ وُنی کیٛن وصیتاہ ما چھَے

دپہِ لوگ باادب غلامہِ حلیم[2]　　ژٕ نے وُصیِژ منٛے چھُم گرِ تسلیم

اوٗلِن چھَے وصیتِ فرزند　　دست و پا میٔانی از رَسَن کرٕ بند

چھا خبر وقتِ ذبح یِم اتھ کھور　　ناروا طور ما کرَن کیٛنژھہ زور

مُضطرب سپدَن تَکھ دِلَس چھُم ڈر　　لیکھہٕ نَم ما نہٕ صٲبرَن اندر

وقتِ حرکت منٛے چھُم دِلَس منز باک[3]　　خوٗنہٕ چھَکھ ما ییِ بدامنِ پاک

جان قربان کرِتھ مگر انجام　　روزِ محشر ییِم تمٮ۪کہِ الزام

چھُے وُصیژ دوٗیِم یہ میٔوٗن جبیٖن　　ذبح کے وَقتہٕ تھَوو بطرفِ زمیٖن[4]

بایقین اتھ اندرٕ چھِ وار راز　　ساز عجز و نیاز سوزِ نماز

ٹوٗٹھ سے بندٕ چھُے بدرگہِ ذات　　سپدِ لُس سجدہٕ ریز در اوقات

بیاکھ سرٕ پی منٛے کُن پیٖپی نہٕ نَظر　　آسہِ رومُخ میٔون سجدٕ سے اندر

حُبِ پدری ژٕ تے ما کرِی تاثیر　　امرٕ رَبّس اندر کرِکھ تاخیر[5]

---

[1] اشارہ بآیہ کریمہ ستجدنی انشاءاللہ من الصٰبرین [2] مراد حضرت اسمٰعیل۔
[3] بیم۔ خطر [4] اشارہ بآیہ کریمہ وتلّہ للجبین (القرآن) [5]۔ ڈنگی۔

چھِم وٗصیت ترٛینم بہ عجز و ندم[١] ییٚلہِ واپس تُھوو بچانہٕ قدم
ہاجرہ میٚانؠ مہربانِ مادر آسہِ پرٛاران نیٚچوٗ بہٕ ڈیشُن کر
منٛے سوا ییٚلہِ وُچھی یوان از راہ باتحسُر سۄ ترٛاوِ از دِل آہ
ضربِ شمشیرِ غم لگہٕس کاری کرِ آغاز گِریہ و زاری!
آسہِ مُشتاق بوزِ حالِ فراق کرِ زِ تسکین تسَ علی الاطلاق[٢]
ہر زمان کرِ زِ تسَ بچوٗ شروٗئی اشکَ شوٗئی[٣] تہٕ پوٗرٕ دِلجوٗئی
ڈیٚزِ تسَ اسماعیل چون پِسر یارٕ ہے گوٗ پسند حمداہ پر
سِتی وٗنی زِلس لوٗبُن بقائے دوام با ادب سوٗنہ نے ترٛے عرض و سلام
بیٚنہِ وٗنی زِلس لپس از سلام و نیاز ڈیشہٕ ہن یوٗد ژٕ کانٛہہ جوانہ تاز
آسہِ سے اسماعیلٕنی ہمزاد گژھ اے تمی سنٛز وُچھنہٕ منٛے گرِ زِ یم یاد
یوٗد گوٗلاباہ وُچھکہ میانِ چمن یاد کرِ زِ ہن یہِ میانٛؠ نوٗزگ تن
میوٗن کانٛہہ دوست یوٗد پرٛژھی پیغام وٗنی زِ تسَ میانہِ طرفہٕ بعدِ سلام
پی زِ در وقتِ مجلس آرائی یاد کرِ زِ بوٗ یہِ میانٛؠ تنہائی
ووت بالِبس[٤] یہ نوٗکتہٕ ییٚلہِ در گوش روٗد خاموش مُستعد[٥] باہوش
دست و پا بستہٕ تسَ کرٕنی ناچار شرٛاکھ دَرٕ دست تمی تُجن یکبار
غلغلہٕ ووٗتھ بہ معشرِ اکبر[٦] ولولہٕ پیٚو بہ قبّہٕ اخضر

---

١ ندامت ٢ بے فاد پاٹھی ٣ دِلاسہ ملار ٤ یعنی حضرت ابراہیمس
٥ تیار، آماد ٦ ملکوت۔

پیٹھہِ ور گریہ قُدسیان سماء[١]
اِلتجا اَز خُدا کورُکھ بہ دُعا!

رَبنا چھُے خلیل بندٕہ خاص
مُتوکِل اَموب با اخلاص

ژاو نارس آندر یوٗرُن نہٕ خذر
دٔراو اَز شراکھ ہیتھ بَنِد بَکپسر

گوَ ندا قُدسیو وُچھو توٗہی پوٗر
ناوکُنہٕ پیٹھو مُحبتُک دوٗستوٗر

آوٕ قلبِ سلیم ہیتھ یہِ خلیل
تَس یہ سَر شوٗبہِ خلتُک اکلیل[٢]

مختصر حضرتِ خلیلَن شراک
اسمٰعیلس تھوٗوُن بجنجرِ پاک[٣]

شراکہِ پیٹھ زور تمی کوٗرُن اکثر
خلقہٕ سے اَکھ جواہ تہٕ گوٗ نہٕ اَثر

ٹلی کہِ ہفتاد بار پیٹھ حلقس
شراکھ پکناو تمی بقُوت تَس

اَکھ سَر موے گوٗ نہٕ تہٕ تاشہ
گوٗ خلیل خُدا سیٹھا دِلگیر[٤]

گو گُماں تس منٕے گوم حکمس دیر
کیاز گےٗ شراکھ گُشد اوٗتنس زیر

کَنہٕ تمیٔ لاٗے شراکھ گُوتہٕ سان
اَڈسپنی تھ تہٕ شراکہِ آیہ زَبان

دوٗ پنس اے مردِ حق منٕے چھم نہٕ قصوٗر
پیشِ فرمانِ حق بہٕ چھُس مجبوٗر!

کونہٕ پوران چھکھ وَنان چھُہ خلیل
ٹھینہٕ پوٗرکھ وَنان چھُہ ذاتِ جلیل

چھُمنہٕ بوزُن مُلے خلیلہٕ شُڈرے
بوزِ بہٕ حضرتِ جلیلہٕ شُڈرے

آسہِ لَیس ہر زَماں خُدا یاوَر
تینز تلوار کینہہ دِلیس نہٕ ضرر

مُضطرب گو خلیل حق یُشر تُشد
رَتہٕ بہٕ شد فضلہٕ شراکھ گےٗ تَس گُشد

---

١ مُراد آسمان ٢ تاج ٣ ہٹس پیٹھ ٤ آزردہ۔ پریشان۔
٥ موشڈ

آو ذِبحِ عظیم ہیتھ جبریل — شۄرِ اکھ ژٕج تمی زِ خلق اسماعیل
کبش صوٗرت سہٕ در نظر دلخواہ[1] — مۄنہٕ ہُند رنگ تس سفید سیاہ
اوس بے ہوش پانہٕ ابراہیمؑ — شۄرِ اکہِ تل رُود تس سُہ ذبح عظیم
جبریلن تیٚتھے پوٗرن تکبیر[2] — آو ہوشس خلیلِ پاک ضمیر
پوٗرٕ تہلل[3] سیتی تمی بزبان — بیٚیہ تکبیر، کبش گو قربان
اسمٰعیلن تہٕ سیتی پوٚر تکبیر — بیٚیہ تحمید[4] ہوی ربِ قدیر
چھے یہ تکبیر واجباتن منٛز — عُرفہٕ پیٹھ ترٛوٚہن صلواتن منٛز
گوس آو زِ بارگاہِ الٰہ — پی زِ صدقت اے خلیل اللہ[5]
بے گمان خابہٕ پیٚیہ کوٗر ژٕتھ تصدیق — چھکھ بہٕ تحقیق صاحبِ توفیق
روزِ قایم یہ چانی قربانی — رستگاری بہٕ نسلِ انسانی
اُس تیٚ آزمایشاہ از حق[6] — کامران گوکھ اَتھ اندر مطلق
مِلت روشنس دِتھ ژٕ اساس[7] — تا قیامت ژٕ چھکھ امام الناس[8]

---

[1] دلِ پسند [2] اللہ اکبر اللہ اکبر [3] لَا إِلٰہ اِلَّا اللّٰہ واللّٰہ اکبر [4] اللہ اکبر وَلِلّٰہِ الْحَمْد [5] مفہوم آیہ کریمہ وَنَادَیْنٰہُ اَنْ یّٰاِبْرٰهِیْمُ قَدْ صَدَّقْتَ الرُّءْیَا [6] مفہوم آیہ کریمہ اِنَّ هٰذَا لَهُوَ الْبَلٰٓؤُا الْمُبِیْنُ [7] بُنیاد [8] مفہوم آیہ کریمہ اِنِّیْ جَاعِلُكَ لِلنَّاسِ اِمَامًا۔

## دفع تشویش ابراہیمؑ

والپسی مشز خلیل رُود ملول — نزدِ حق گو نہٕ اسمٰعیل قبول
جبریلن دوپُس مگرژھ غمگین — پانہٕ مولا ژے چھے کران تحسین
بالیقیں ژے دِتِھ رضا بقضا — شرطِ فرمانبری اوسُتھ ژے بجا
درمیاں جہاں بغیر قصور — چھے خلیلی ہُندُے ژے دعوا پور
بیگماں مُلکِ خلتک چھکھ شاہ — ذبحِ فرزند تتھ اوسُتھ ژے گواہ
مرحبا اسمٰعیل جانبازس! — سرفرازس تہٕ شاہدِ نازس
چو زِمے خانہٕ رضا تمی مُس — خلق دأرِتھ سہ رُود شراکِ دِمس
گو قبولیتس سہ مستوجب[۵]! — مستجابُ الدعا سپُن از رب
منگِ یُس چیز از خدا پانہٕ — گرژِھ منظور تس تمی آتہٕ
دوٚن خلیلن باسمٰعیل سہ راز — اسمٰعیلن کرِنِ دو دست دراز
در دعا مغفرت موٚنگن زِ الٰہ — از پئے امت رسولُ اللہؐ
آو پیغام حق بر ابراہیم — کلمہٕ خوانن اماں دِیتُم زِ جحیم
یُس اَکھاہ آسہِ شرکہٕ نشہٕ بیزار — بیگماں بو دِمُس نجات از نار

## مُباحثہٕ میان ملکوت و جواب باری تعالیٰ

عالمو دوٚن سہ اسمٰعیل و خلیل — گیہٕ فارغ زِ امتحانِ جلیل

---

۵۔ سزاوار، مستحق

کوٚر تعجب مَلایکوٚ زیٚن کار — بحث وتحیصہٕ کیٚ کوٚرکھ تکرار
اَکھ اَکس پیش کٔر تموٚ یہ دٔلیل — چھا سَخی اسمٰعیل یا سُہ خلیل
وۄن اَڈٕلو چھےٚ خلیل۔ [1] ڈٕ جواد — پیش پیٚیمی تھۄو حقس پنُن اولاد
خانہٕ تالِس ٹھوٚنی ہٹس پیٹھ تیغ — حُکم موٗنُن کوٚرُن نہٕ کانٛہہ تہٕ دریغ [2]
اسمٰعیل اوس وُنہٕ پنٕنے بجہاں — کٔری خلیلَن دوصد شتر قربان
کوٚر تعجب لۄکو یہ حالٕ اَنی — دِژ خلیلَن کمالِ قربانی
بۄز یامتھ خلیلہٕ نے یہ مَقال — وۄن لۄکَن کَن تمیٚ بطورِ مثال
یم زٕ ہتھ اۆنٹھ یۄد کٔرِم قربان — اَز براےِ رضاے حق سبحان!
چھنہٕ بڈٕ کتھ یہ دَر محبت حق — ٹوٚٹھ گوٚبراہ تہٕ آسہٕ ہم یۄدوَے
حُکم پیِیہٕ ہم یہ چھےٚ کرُن قربان — ذبح کرہَس بموجب فرمانِ
آس دَرخاب حُکم ذبح پسر — غیر تاخیر رۆد سپنہٕ تیٔر
وۄن اَڈٕلو بوڈٕ سَخی چھُ اسمٰعیل — بارَضا حُکمہٕ بیہ کوٚرُن تعمیل
کٔر اطاعت تمیٚ بحکم پدَر — رَبہٕ ہنٛدِ لولہٕ پیش تھۄونَس سَر
پَرٕ دِلہٕ جان دِین کوٚرُن تسلیم — اَدٕ آمادٕ گوٚ سُہ ابراہیم
یام مَلکَن یہ بحث پیٚیو باہَم — تام اَز حق ندا سپٕن پیٚیہم [3]
چھو کانٛہہ شک چھِ یم اگر جواد — بحث ترٛاوِو یہ نو کتہٕ تھاوِو یاد
ژۄر سَخی چھُس بہٕ اجود و اکرم — صاحب جوٗد دَر ہمہ عالَم

---

[1] سیٹھاہ فیاض [2] پس وپیش، دِلہٕ ڈالہٕ [3] لگاتار

کار کرنے بہ لطفِ ارزانی ذُریت خلیلس منزے اَجرِ قربانی
روزِ قایم پہ اُمی شُندے ملت روزِ محشر چھُ وارثِ جنت ۱
اسمٰعیلس بہ برکتِ تسلیم فدیہ ہے منز ذِتھُم پہ ذبحِ عظیم
ذبح گژھنے بہ لطفِ بے پایاں چھس ذبیحِ خدا لقب شایاں

## معنیٔ ذبحِ عظیم و گریۂ ابراہیمؑ

ابنِ موسیٰ رضا امام علی چھے روایت گراں بلفظِ جلی ۲
ییلہِ کنشس بدِشتہ بسمل گو شہ خلیلِ خدا حزین دل گو
دل پاکس اندر خیال گنیوس ذبحِ فرزند امتحاناہ اوس
اسمٰعیلس بدل یہ لطفِ عمیم سوز ذاتن فدا یہ ذبحِ عظیم
یوّد منزے قربان گیاو اسماعیل سپدِ ہے زیاد مہربان جلیل
روزِ محشر بحضرتِ داور عزتک تاج روزِ ہم برسر
اتھی خیالس اندر جنابِ خلیل آس تامتہ پیام ہیتھ جبریل
ون ژِ بعد از خدا میانِ انام ۳ زیادِ کس ٹوٹھ چھے زِ خلق تمام
وون خلیلن جواب تس مجمل ۴ چھم منزے یتر ٹوٹھ احمدِ مرسل ۵

---

۱ اشارہ بآیہ کریمہ واجعلنی من ورثۃ جنتہ العظیم ۲ ذبیح اللہ
۳ روشن ۴ شراکہ مستی ۵ لوکن منز ۶ موخصر

رَبہٕ سُندؠ حبیب زیاد قریب — عالمن ہُند ادب سِٕے چھُ منیب

سٕے مےٚ از جان خوٚد چھُ یِژ محبوب — لوٚ بہٕ وُن سٕے چھ دوٚن جہانن شُوب

تَس پتہٕ چھم دِلس اَندر ژیزی پاٚٹھی — آلِ احمدؐ زِ آلِ خوٚد یِژھ ماٚٹھی

جبریلن تمس دراں اثنا — ووٚن بہٕ تفصیل حالِ آلِ عبا[1]

اِبتلا و مصایبِ سبطینؑ[2] — واقعاتِ شہادتِ حسنینؑ

بےکسی مَنز زِ حاسدانِ لعین — کمی صدم وآنکھ بدعوتِ دین

اَز عداوت پنوٚ ز مکرِ یزید — سپدِ حضرتِ حسن بزہر شہید

وُستہٕ[3] باٚژ ہیتھ حسین بکربلا — واتہٕ در دشتِ کربلا تنہا

بارضا بہرِ حق دراں غربت — نبوی چین شہادُچ شربت

بوزی تھے پہو خلیل اَندر غم — فرحتن رَم کوٚرُس ازیں ماتم

اَز غم و سوز ماتمِ حسنین — ہور اوٗش تمیٚ زِ چشمہٕ عینین[3]

آو ناموسِ اکبرس[4] ارشاد — کر خلیلس ژ ووٚنی مبارکباد!

باد تَس رَب ژیِژ مہربان گوٚ — گریہ چونیٚ ہزار قربان گوٚ

اَتھ اُتَس چھے زِحق جزاے جبریل — تیوٚت کر چھےٚ بخونِ اسماعیل

## حکمتِ پنجگانہ نماز و تعیّنِ اوقات

عالمو ووٚن سہٕ بانیٔ ملت — از مقامِ منیٰ سپُن رخصت

---

[1] مُراد اہلبیت آنحضرتؐ [2] امام حسنؑ و امام حسینؑ [3] ووٚن اچھن بہٕ ناگرٕنش۔ [4] مُراد جبریلؑ۔

کامیابی عطا گیس یقین — شُرخ رُو دزاو از بلاے مُبین[1]
بَر رضاے خُدا دِژنی ییلہ تن — ژور نعمژ عطا کرِیس ذاتن
بعدِ تحقیق نعمتہِ تصدیق — قبلِ تشریقِ نعمتہِ توفیق
گوس گوشن زِ جبرئیل ندا — کوٗر تمیتھے تمی نمازِ ظہر ادا
گوڈنہ گے ییمی نمازِ پیشِن پوٗر — شکرُ ژورن نعمتن ہُندُے تمی کوٗر
چار رکعت بچار نعمت پور — کری ادا تمی بنیو عبدِ شکور
آدمن پوٗر نمازِ فجر اول — نعمتن شکرُ تمی اوٗنن بعمل
دِگرکے وقتہِ یونس متّیٰ — ترُوو ییلہِ گاڈ برلبِ دریا
گوٗ شہ ژورو گٹو نشہِ آزاد — ژور رکعت پرتھ سپُن دِلشاد
رَدِ تثلیث کوٗر مسیحن خواب — شام تمی کوٗر ادا زِ بعدِ غروب
حضرتِ موٗسہن نمازِ عشا — اوٗن بجا اوٗلن بدشتِ طوٗی
ژور انعام تمی لبی از حق — ژور رکعت عشاء پرُن مُطلق
سأنی پیغمبرن شبِ معراج — پرِتھ وِترِج نماز دیتُن رواج
چھی یمے پانژھ وقتہِ فرضِ عین — شکرِ نعمت سعادتِ دارین
پی خلیل اللہن بجبن ادب — رَبِّ اجْعَلْنِیْ[2] دُعا موٗنگن از رب
ربہ نوٗمرتھ بہ چھس جبین نیاز — دِم متے توفیق پنج وقتہِ نماز

---

۱. باعزت ۲. رَبِّ اجْعَلْنِیْ مُقِیْمَ الصَّلٰوۃِ وَمِنْ ذُرِّیَّتِیْ رَبَّنَا وَتَقَبَّلْ دُعَآءِ (دُعاے ابراہیمؑ القرآن)

غفلتُک مَل تہٕ بیٚیہ غبارِ غروٗر　　کرتہٕ از خاطرِ مُصفا دوٗر

## بنائے کعبۃ اللہ بدستِ خلیل اللہ و ذبیح اللہؑ

اہلِ تاریخ و راویانِ کرام　　چھی یہ تفصیل تم لیکھان یہ کلام

از منیٰ سوے خانہ ابراہیمؑ　　آو بیٚیہ ستی ہیتھ غلام حلیم[1]

حضرتِ ہاجرن اُچھن ہند نوٗر　　بام ڈیٚوٗنٹھن تہٕ گےٚ سیٹھاہ مسروٗر

برونٹھ دراییس تہٕ مرحبا کورنس　　لول بورنس تہٕ رُت دُعا کورنس

روٗد راتس خلیل عالی شان　　صبحنس دراو جانبِ کنعان

حضرتِ سارٕ سِے ونٕنی حالات　　روٗد در یادِ و ذکرِ حق دوہ رات

ساکنِ سدرہ[3] آس ہیتھ پیغام　　مالک الملک چھُے ونان ژے سلام

چھُے ژےٚ بعد از سلام حکمِ قدیر　　سرِ نو کعبہ سِے ژٕ کر تعمیر

از پئے عاکفین و اہلِ ثنا　　گھر میٚونے ژٕ کر دُبارٕ بنا

بر زمین کر بنا ژٕ میون وثاق[4]　　چھُم بناوُن سُہ قبلۂ آفاق

سُہ یہ تھاوُن طوافگاہِ جہان　　ہرکراں مرجعِ زمین و زمان!

جن و انسن ہُندے زیارتگاہ　　اہلِ دینن ہُندے سُہ جاے پناہ

---

[1] یعنی حضرتِ اسمٰعیل [2] مراد حضرت اسماعیل [3] مراد جبریل امین [4] وَعَهِدْنَا إِلَىٰ إِبْرَاهِيمَ وَإِسْمَاعِيلَ أَن طَهِّرَا بَيْتِيَ لِلطَّائِفِينَ وَالْعَاكِفِينَ وَالرُّكَّعِ السُّجُودِ.

کور مناجات تمیٔ سوی رَحمان — کتھ شیٹھ چھم بناکرُن تَسہ مَکان!
آس پیغام اےُ بلند وِقار! — زاٗنی راوتھ بہ پانہ روز تیار!
دزاو بَر اشترِ دَوندِ خلیل — اوس حکمس تمِس کرُن تعمیل
آسمان کُن نظر کرِن بَر راہ — ابر پارہ وُچھن بَرنگِ سیاہ
تِسے بمقدار کعبتہ اللہ اوس — پیٹھ پیٹھی تَس پکان ہمراہ اوس
آس فرمان پیتھن یہ اَہر قرار — تھاوِ تَتھ شایہ کُن ژہ اَن رَفتار
قطعۂ ابر از رَہِ تمکین — بیوٗٹھ آہستہ دَر حرم بہ زمین
تتھی موافق خلیلہ نے بمُراد — خانۂ کعبہ سہ دِتِن بُنیاد
چھے رِوایت دوٚیم زِ شیخ حَسن[1] — سوز تَتھ جایہ پیٹھ ججوح حَقَن
شکلِ کِنِز اوس مثلِ مار نمود — کعبہ چِ جایہ حَلقہ دِتھ تِسے روٗد
تتھی برابرَ خلیلہ نے زال پس — موجبِ امر کَرِن دِتِن کعبس
لعفیو وَوٚن مَلائیکاہ اَکھ آو — اَہر نَیِدُس خلیلہ سِے وَتھ ہاو
بانیٔ کعبہ سِے تَسہ روٗد رفیق — رَہنما بَر بناے بیت عتیق
نصِ قرآں چھ بَر بنائے خلیل — پَرِ وَاذیرَفع تمِیک تفصیل
روٗد پانہٗ خلیل تتھ معمار — اسمٰعیل ذبیح نَیِدُس یار
سارِ پرتھ وارہ کعبہ چِہ کَنہ تمیٔ — بارِ پانژو کوہو پیٹھ اَنہ تمیٔ

---

۱ شیخ حسن بصریؒ ۲ نارم ہوا ۳ دایرہ ۴ خانۂ کعبہ ۵ وَاذ
یرفع ابراھیمُ القواعِدَ مِنَ البَیتِ وَاسمٰعیلُ ط (القران)

طور و زیتا و جودی و لبنان  ۔  بنیہِ زِ کوہِ حرا اَنِن کنہِ جان
ہاجرن زین بناوُنک کوُر سنز  ۔  روز شامِل سوہ انتظامس منز
کعبہ کِ کُن زِ سنگ ہے حرا  ۔  کوُر خلیل اللّٰہن خجستہ[1] بِنا
ییلہِ شوُرن یمانیگ[2] دیوار  ۔  اسمٰعیلس دوُپن کنیاہ اَکھ ژھار
یادگار اُسی کنیا ییتین تھاوون  ۔  روزِ خلقن اندر نِشاناہ سون
جانبِ کوہِ بوقبیس دوان  ۔  وژاو کنی ژھارنے سہ پاک نشانن[3]
بوقبیسن ندا کوُرس از دور  ۔  چھُے مےٚ منز اَکھ اَماناہ مستور[4]
کوہ ہیہ نِشہِ پی وَنان کنیاہ گیہ نِنی  ۔  اِسمٰعیلن خلیلہ سے نِشہِ اَنی
اَس تاباں سیٹھاہ چوٗ گوہرِ نور  ۔  ڈیٚنشتھے گوَ خلیلِ حق مسرور
تمو تتھی تھاو بستہِ دَر دیوار  ۔  سنگِ اسوَد چھُے سوے امانت دار
دوت ییلہِ سقفِ کعبہ بَر اِتمام  ۔  آو بَر حضرتِ خلیل پیغام[5]
کَر ژِ خلقن ندا زِ ہر اطراف  ۔  ییتھ گھرس کرُن یین برائے طواف
صاحبِ خلقن بحضرتِ رب  ۔  کوُر مناجات باکمالِ ادب
ربنا یوُد لوُکن بصوتِ بُلند  ۔  لایہِ کُز یکھا سہ واتہ کَر انہِ دَند
آس فرمان ژِ کَر ندا بعوام  ۔  بوزِ ناوکھ بہ جنّ و انس تمام
ہِلتنک مول خلتنک مہتاب[6]  ۔  کھوت سرِ کوہ بوقبیس شتاب

---

[1] مبارک تعمیر [2] مراد رُکنِ یمانی [3] یعنی حضرتِ اسماعیلؑ [4] پوشیدہ
[5] شبنچ [6] مراد حضرتِ خلیلؑ۔

جستہ ژلہٕ وٕتھ کنے اکس پیٹھ یاد     اَستہٕ تھاوِتھ کوٗرن لوکن کُن ناد
دیندارو تہٕ ہا مُسلمانو     حق پرستو تہٕ اہلِ ایمانو
یتھ گھرس کُن یِیو بشوقِ تمام     حج و عمرہ کرِو گنڈِو احرام
کعبہ ہیٚ کُن یِیو برائے طواف     صاف سپدِو تہٕ لغزشن گژھ معاف
رنگ و نسلک تمیز مُشراوِو     امتیاز گداو شہہ تراوِو
سپدِ روشن فضا مساواتک[1]     رنگ و بو نیرِ نوٚن مواخاتک[2]
از زمین تا بعالمِ بالا     داستانوٚن حقن تہنز شُہ ندا[3]
ماجہ مائس نشے بہ پُشت و شکم     اُسی ہیم خوش نصیب پاک قدم
شہ ندائے خلیلِ رحمانی     ساروی گوش کوٚر بروٗحانی
نیک بختو بہ عالمِ ارواح     پوٚرُکھ لبیک با رضا و صلاح
ییتہ لٕگہ یمی جواب دِنیت بہ ندا     گیہ تس تیتی حج و عمرہ ادا

## از ہزاراں کعبہ یک دل بہتر است

کینہہ محقق کراں یہ نوکتہ بیان     کوٚر خلیلن بنا شہ پاک مکان[4]
حرما آمنا سپن تعمیر     آے یہر طواف جمع کثیر
بعدِ اتمام کعبہ شکرِ مکان     اوٚن خلیلن بجا گنیوس گمان
یڈ عمل گرمنے در ہمہ عالم     کعبۃ اللہ بنا کوٚرم بہ حرم

۱ برابری ہنڈ ۲ برادری ہنڈ ۳ آلو ۴ مراد کعبہ۔

تس خدائس سپاس بالتحقیق — کعبہ لدنک مِتّے بیٚیمی دِیتُم توفیق
آس وَحیک اَمِن ہیتھ پیغام — ذاتِ پاکَن وَنُے ژرےٚ بعدِ سَلام
یوٚد بجا دِل اَنگھ ژٕ غمگینس — یا دِکھ کھیٚن کاشہِ مِسکینس
یا ژٕ راحت دِیکھ بجانِ فقیر — زنتہٕ کعبَس کَرکھ نَتھ تعمیر
گوٚ خلیلس رُمس رُمس گمہٕ تشرٛان — پاتھرٕ عرضی کرِن ندامتہٕ سان

## پنٛج دُعاے خلیل اللہ، بعدِ اتمام تعمیر کعبۃ اللہ

پی چھ لیکھاں مُفسرانِ کرام — کعبۃ اللہ یٚیلِ سپُن اِتمام[1]
بامہٕ ہیٚے پیٹھ خلیل روٚد بیاکھ[2] — مُشتغل گوٚ بجق بہٕ پنٛج دُعا
اوٚلَن پی وٚدُن بقلبِ سلیم — یا الٰہی ژٕ چھکھ سمیع[3] وعلیم
بُقہٕ[4] ہیٚے مَنز یہٕ خانہٕ اوٚل — گوٚ بنا کر قبول سانی[5] عمل
از عنایات فیض و لطف و فوز — سون تعمیر تھاو تَن منظوٗر
ربّنا چھی مَنگان یہ ہیٚے انعام — اَسہِ دوٚن کر عطا رہٕ اسلام
کرتہٕ بیٚیہ سانہِ نسلہِ نشہِ پیدا — اَمّتہٕ مُسلمہ بہٕ لطف و عطا
بیٚیہ تس نشہ ترٛیشِم دُعا پی آو — ربّنا[6] تجہِ کی مَناسِک[7] ہاو!

---

[1] مُکمل [2] وَدنی [3] بوزن وول تہٕ زانن وول۔ [4] اِشارہ بآیہ کریمہ اِنَّ اَوَّلَ بیتٍ وُضِعَ لِلنَّاسِ لَلَّذِی بِبَکَّۃَ مُبارَکاً [5] وَاَرِنَا مَناسِکَنا (القرآن) [6] سانہٕ پالن ہار [7] حجکی آداب۔

چارمیں تمۍ دِتب علینا پۄر — تۄ پتہٕ تمی دُعایہ پنجم کۄر!
دِتنا سانہِ نسلہِ نِش اَکمل — تُل یمن منزلہ شانہٕ بوڈ مرسل[1]
یُس نصیحت بہٕ کاینات کرِ ے — چانٛی آیاتِ بینات پرِ ے
ہاوِ وتہٕ راوی متین رہِ اسلام — باوِ خلقن معارفِ احکام!
شرعہٕ کُے سِکہٕ بر جہاں ترٛاوِ ے — اُتھین علم دین سہٕ ہیچھناوِ ے
پاک تھاوِ یکھ دِلن زہرِ بدعت — زانٛراوِ یکھ کِتاب بیۍ حکمت
پی چھ منقول زاہلِ علم و عقول — گےٚ تمس پانٛژوے دُعا مقبول
پانٛژمِس گےٚ تمس اجابتِ کُل — زاو از مکہ پادشاہِ رسلؐ
سون سردار، سیدالابرار — بانیٔ کار، کاروانِ سالار
در حدیثِ صحیح اَنِکھ یہ دلیل — میون بعثت چھُ سے دُعاے خلیل
گےٚ تولد بشہرِ با برکت! — پتہٕ طیبس[2] گُنٛے کرِکھ ہجرت

# مختصر تاریخِ تعمیرِ کعبہ در اَزمنہٕ ماضیہ

یم مورخ چھ صاحبانِ کمال — کۄر بیان پی تمو علی الاجمال[3]
کعبۃ اللہ ملایکو گوڈٕ لۄد — تۄ پتہٕ آدمن تعمیر کنٛی سیۄد
تریمہِ لٹہِ شیث دراو تتھ معمار — ژۄرِ اَندٕ تمی کۄرُن سُہ تیار
منہدم گو زِ آبِ طوفانی — پیس براہیم گو تمیُک بانی!

---

۱ مراد جناب محمد مصطفیٰؐ ۲ مدینس ۳ موخصر پاٹھی

پَتہٕ اُدٕ لوٗب عمالقن وسعت — کعبتہٕ اللّٰہس تمۍ کوٗرن مرمت
تَو پَتہٕ جرہمن کوٗرُس تعمیر — پَتہٕ قصٰی سَپُن وراثت گیر
بعدِ قصٰی قریش فرخ فر — آو کعبس سَپُن عمارت گر
تَو پَتہٕ دَر شبابِ[1] آنحضرتؐ — آیہِ بنیہِ کرنہٕ کعبہ چي مرمت
پَتہٕ ابنِ زُبیر عبداللہ — عامرِ کعبہ چھُے سُہ حق آگاہ
پَتہٕ حجاجن[2] کوٗرُن مرمت — دَر عمارت بخانہٕ عزت[3]
یتھ زمانس اندر سُہ عبدِ عزیز[4] — پاسبانِ حرم بحُسنِ تمیز
انتظامِ حرم بہ طرزِ جدید — روز و شب چھُے کران ہومرد رشید
یم چھہ حجاجِ کعبہ دَر آفاق — تتہٕ ترم بارضا کران اتفاق
بر طریقِ خلیلِ رحمانی — چھی کران پوٗرٕ حجَ و قربانی
یاد پاوان تمن چھُہ عہدِ قدیم[5] — آبِ زمزم، مقامِ ابراہیم
گو فنا یا بلگ سُہ جاہ و حشم — روٗد پایندٕہ یادگارِ حرم
یم نبیؐ آے بعدِ ابراہیمؑ — کُر یمَے وَتھ تہٕ کٔنہ تمو تسلیم
سون سرور چھُہ یوت عالی جاہ — پیروِ ملتِ خلیل اللہ!

## بیانِ پنج ارکانِ اسلام

اے مسلمان مہ روز نامحرم[6] — دینِ اسلامہٕ سے چھہ پانژٕ تھم

---

[1] جوانی اندر [2] حجاج بن یوسف والیٔ عراق [3] مرادِ کعبہ [4] عبدالعزیز ابن سعود۔ [5] پرانیو زمانو [6] تمہ بے خبر۔

اولن کلمۂ شہادت پرٕ | باور از وحدت و رسالت کرٕ
کلمہ سیتی روز و شب تھوزان | لغزشن سارٕ نیٚ بنی غفران
نفی و اثباتہ کیٚ ژٕ معنی بوز | کلمہٕ کیٚ یادٕ کرٕ دِلس منز سوز
کلمہٕ کیٚ نور رٹھ ژٕ در سینہ | صاف سپدی دِلک ژے آیینہ
چھیٚ دوٚیُم رُکُن کرٕ ژٕ پنٛژ کل | پنجگانہ نماز، ان یعمل!
کرٕ دوامت ژٕ با ہزار نیاز | باندامت یہ حفظ پنٛژ نماز
جابجا وُچھ ژٕ در قرآنِ مجید | وَاَقِیْمُوا الصَّلٰوۃ چھیٚ تاکید
غیٚ چھ چاہ عمیق از پُر نار | بے نمازن ہُندٕ سے چھ جائے قرار
سُجدٕ دِیُن بر زمین چھ قربک تاج | بس نمازٕ ے چھیٚ مومنس معراج
چھیٚ ترٛیُم رُکُن کرٕ اداے زکوٰۃ | پرٕ وَاٰتُوا الزَّکوٰۃ در آیات
حل بنی مشکلن ژلی ادٕ کل | صدقہٕ کیٚ آبہٕ مال پننہٕ نیٚ چھل
مالہٕ کیٚ حق اداے یس اکھ نہٕ کرے | یا نصارٰی سُہ یا یہود مرے
سپدِ قایم ییٚتیتھ نظامِ زکوٰۃ | چھُنہٕ تتھ جایہٕ خطر از آفات
چارمیس رُکن چھیٚ صیام دُرن | کھیٚن تہٕ چیٚن تہٕ جماع ترک کرن
زبہٕ ہشدِ لولہٕ روزِ یس صایم | بے ریا دِن تمی تھوٚون قایم
روزٕ یس تھاوِ ماہِ رمضانس | یٚرتھ تہٕ پرٛتھ تس چھیٚ پور قرآنس
راست چھیٚ پی سے کینہہ ووٚنینہٕ کج | رُکنِ پنجم چھ کعبہ سے کرٕ حج

---

١ ڈاڈ ٢ اشارہ بآیہ کریمہ فَسَوْفَ یَلْقَوْنَ غَیًّا (القرآن)

٣ الصلوٰۃ معراج المؤمنین (الحدیث)، ٤ ہمبستری۔

آسہِ یِس مال و دولتاہ بے دِین ۱۴؎
حج کعبہ تمِس چھ فرض العین

آرزو کرٕ زِ مالکِ کونین
رٕبہ یِرٕ تمٕ زیارتِ حرمین

دست باکار تھاو دِل بایار
زان دُنیا چھ تاوٕنٕ بازار

## خلیل راسخُ الایمان طالِب اطمینانِ قلب

دٕر معالم ۱؎ تہٕ دٕر مواہب ۲؎ پٕرٕ
چھِ لیکھاں راویانِ پاک سیر ۳؎

دوہہ اکِہ حضرتِ خلیل خدا
ووت ناگاہ بٕرلبِ دریا

آبہٕ سِے مُتصِل خرِ مُردہ
ڈیچھ خلیلن پیومُت سُہ افسردہ

پٕرِتھ واٹس نظر پییس از دور
ماز تمی سُند نوان حوش و طیور

رٕتھ تٕسُند اوس میو لمُت باخاک
حشراتِ ۴؎ زمین کھوان بے باک

گاڈٕ دریاوچے کھٕساں جل جل
آسہٕ تھف دِتھ تمس نوان چھل چھل

رُود نہٕ کینہہ تہٕ پتھ زِ جُثہ ۵؎ خرٕ
حال ڈیِنشِتھ ییہ پور گوس خیال

دوٚتھ خلیلس دِلس اندر ییہ سوال
زِندٕ بیِیہ سپدِ سِے بروزِ شمار

کمہِ طور ییہ لاشہٕ مُردار
رٕبٕ ۶؎ ارنی زِ حق مونگن پنہاں!

دِلہِ پاکس اندر ووتھس یِہ گمان

---

۱؎۔ تفسیر کا نام ۲؎ نام تفسیر ۳؎ مواہب لدُنیہ ۳؎ پاک خصلت ۔
۴؎ کیمی کرینٹی ۵؎ جسم نشہِ ۶؎ رَب اَرِنی کیف تحی الموتیٰ۔

آس اَز حق ندا ژٕرِ پٔرٕتھ چھےٚ نا    دوٚپ خلیلن بلی ژٕ چھُکھ بیٚنا

ہاوتم ییٚتھ پٲٹھۍ دِل رٹہِم مَتےٚ قرار    دٔر جہاں زِندٕ کرٕنٕچ اطوار

چھُم مَتےٚ نا دیدٕ پوٚر اَتھ ایمان    دیدٕ ہستین ہیٚیِم مَتےٚ اطمینان

حکم گوٚو ژور جانور ژٕ رٹکھ!    توٚ پتہٕ بیون بیونےٚ ژٕ کلٕ ژٕٹکھ

ژوشونی ژیٹھ دِتھ زلاوکھ ماز    کلٕ تھٔہنٔدی تھٔوکھ علحیدٕ باز

گنٛڈتہٕ کٔرۍ تِھےٚ الگ الگ اجزا    تھاو پیٹھ بالہٕ نےٚ ژٕ نِتھ ہر جا

دٔرِ آنو کرِکھ باذن اللہ!    زِندٕ ، تم یرٛو نِٹھ کٔرن پنٕنےٚ ناگاہ

تم کلو رٕوس ژکان ژٕرِ کٔرن دورِ پن    کلٕ پننی ژٕ روبرو جوڑِ پن

مور تہٕ کاو بیٚیہ کوکر تہٕ حمام[1]    ژٕنی خلیلن تہٕ گنٛڈتہٕ کٔرنکھ تمام[2]

کلٕ تھٔہنٔدی تھٔوِن الگ مضبوط    جسمہٕ نےٚ ژیٹھ دِتھ کٔرِنی مخلوط

ژون کوہن پیٹھ ہنا ہنا تھاوِتھ    آو واپس پٲٹھۍ ماز چھکراوِتھ

توٚ پتہٕ آلواہ دیتن بالا    جانوارو ییٚو بہ امرِ خدا

ژور نوےٚ جانور ہواپی تس    آیہ برٛونٛہہ کنِن کلو سوا پی تس

کلٕ نےٚ واڑھ پیٚلہٕ بگردن گوکھ    دانہٕ ژھارِتھ کھنِگ خیالاہ پیوکھ

دوٚپ خلیلن وُچھتھ سو حکمتِ ذات    ربّا چھُکھ ژٕ محیِ الاموات

زِندٕ کٔرِوُن تہٕ مارِوُن ژٕرےٚ چھُکھ
عاجزن تارٕ تارِوُن ژٕرےٚ چھُکھ

---

۱ قَالَ اَوَلَمْ تُؤمِنْ (القرآن)    ۲ کوتُر    ۳ زلاوٕنہٕ آمُت۔

# تذکرۂ چند احکامِ ملّت

بلتنگ رہنما جنابِ خلیل — رات دوہ طالبِ رضائے جلیل

ملک تحمید کے یگانہ سیتین[۱] — گنجِ توحید کے خزانہ سیتین

رِتی مطالبِ دِلکی حصوٗل گئیس — ہیم دعا تمی منگینی قبوٗل گئیس

کوٗر خدائین سہ مظہرِ اسرار — واریاہ چیز کری تمی اظہار

ژھور تمی جائے پاک جائہ پاک — ور دہاں تھوو اول تمی مسواک

بہرِ تطہیر[۲] مصلحت آمیز — ختنہ پانس کوٗرن بہ تیشہ[۳] تیز

قصِ شارب تہ حلقِ شعرِ بغل — حلقِ عانہ[۴] تہ انو تمی بعمل

امرِ ختنہ تہ رسمِ مہمانی! — بیتیہ سوہ تدر تہ ذبحِ قربانی

تہ تہجیم کوٗر تمی افشاء[۵] — توٗن تمی کوٗر طریقِ استنجا

زبنے حج اول گوٗندٹن احرام — خوان ترژوٗن[۶] برائے اکلِ طعام

شانہ و فرقِ موے سر کور تمی — کلمہ تحمید کے اول پوٗر تمی

ابتدا کور تمی بصدقۂ مال! — بعدِ اکلِ طعام رسمِ خلال

گونڈ تمی سے بجز سیتن پیدا — آس پیغام چھے یہ نورِ خدا[۷]

سپدِ نیس موئنس یہ نور اظہار — چھے نہ غم تس پگاہ ز سوزش نار

---

۱. ممتاز، یکتا۔ ۲ پاکیٔ خاطر ۳ تیز طور سیتی ۴ گوتزاهن نکہ ہیون۔
۵ موے ستر کاشن ۶ ظاہر، توٗن ۷ دستر خوان ۸ الشیبُ نوری (حدیث)

چھُس مصفا منے گوم موے سفید　　یا الٰہی منے چھم پہے اُمید
روزِ محشر بپاس ابراہیمؑ　　منے تہ رچھتم زِ سوزِ نارِ جحیم

# خلیلؑ وامتحانِ محبتِ مال

اہلِ تحقیق یم چھ رمز شناس　　لیکھو تمو حالِ جدِ خیر اُناسؑ
در فلسطین بوادیٔ حبرون　　اوس تس فضلِ حق زِحد افزون
مال و دولت تسند بغیر قیاس　　تیمہ ژھا ولی تہ اونٹ تس باہ ساس
باہ پہلو اسی بہر نگرانی　　زیرِ حکمِ خلیلِ رحمانی!
اوس پرتھ پہلہ سے شکاری ہون　　سون تسند ہنز ر لاگی تھے موزون
تمی توے کم کرِ ژ سوٗ نیچ وقعت　　زر پرستن یہ ورگہ دِین عبرت
اکہ دوہ گو بنیتہ خلیل اللہ　　او مالس نظر دِنے ناگاہ
سائلن اکی تنتھگے دیتس یہ صدا　　مالہ منز کینہہ دِتم برائے خدا
کورنہ ماأعظم اللٰہک اظہار　　دوپ خلیلن تمس منے آو قرار
مرحبا چھے ژرنے یادِ حق کرنس　　نصف مالک منے بخشمے پرنس
سائلن تام پری بحسنِ ثبات　　وِردِ ما أحلم اللٰہکی کلمات
دوپ خلیلن تمس یہ سورے مال　　بخشمے پرتہ بیتہ برین منوال

---

ا لا اِلٰہ اِلّا اللّٰہُ سُبحَانَ اللّٰہِ مَا أعظَمَ اللّٰہِ
۲ لا اِلٰہ اِلّا اللّٰہُ سُبحَانَ اللّٰہِ مَا أحلَمَ اللّٰہِ

پان پَنہ نُے بَہ آپنَن تھاوُے — مال وجان، ہیتھ تمام بخشاوُے
مَدرِ آواز سائیلن پوّر تام — ذکرِ[1] ما اعظمُ اللّٰہک سُہ کلام
عاشق ذاتِ حق جنابِ خلیل — سائیلس وَنہ لوگ بطرزِ جمیل
مال سوُرے ٹوہ ڈی حوالہ کورُم — جسم و جالنس ٹہ تے کُن قبالہ کورُم
اختیارس اندر چھُسے ہر حال — ملک چونُے بہ بیٹھہ یہ سوُرے مال
سایلس گو عیاں نوّ وُے انداز — سوئے بالا ہیئوتن کرکن پرواز
نیبرُون عرض کرنہ لوگ بہ خلیل — شکلِ سائیل ٹہ آس اِسرافیل
رُبہ ہشدِ لوہ کے نشاں اوسُے — حُبِ مالکُ یہ اِمتحان اوسُے
مرحبا چھُے ٹرے کامیاب بنیوکھ — عاشقی مَنبز ٹہ لاجواب بنیوکھ
کرِ دُنیا یہ نوکتہ دوہ ڈی تسلیم — چھُے حقن بخشمُت ٹہ تے قلبِ سلیم

## حالاتِ حضرت لوط پیغمبر ؑ

تھاوکُن وار لسے مُبارک فال — حضرتِ لوطہ ٹشد ڈنے احوال
درِ مدارک منے آوپی بہ نگاہ[2] — نارِ منبز ڈراو بیٹھ خلیل اللّٰہ
ابنِ عم خلیل حضرتِ لوط ؑ — رود بردینِ حق سیٹھاہ مضبوط
رُود ثابت قدم بہ ابراہیم ؑ — پرٹتھ مُصیبت کورُن بہ دِل تسلیم
حضرتِ لوطہ سے زاوج کمال — اوس تابان ستارہِ اقبال!

---

[1] لا الٰہ الا اللّٰہ سُبحان اللّٰہ ما اعظمُ اللّٰہ ـ [2] نظرِ اندر

تس رسالت سپدی عنایت ذات — سوزنہ آو سوے موتفکات
اُسی تم پانژ شہر چھے نہ خلاف — پرژ تفسیرِ سورۂ اعراف
اوس اکھ شہر تتھ وَنان دوما — چھے دوٗیم زعد بیاکھ عامورا
ژوٗرِمِس شہرس صعودا ناو — نام پنجم شہرِ سدوما آو
اوس بوڈ ہیوٗہ شہر سو شہرِ سدوم — متکبر سوا کرِن آں بوم
پانژ وِنی شہرَ نے اندر کُبار — ژتجہہ لچھ لبان سیٹھاہ بدکار
از رہ راست تم ڈلِتھ ساری — مست و مشغول دَر سیہ کاری
خیرہ سر سخت بد معاملہ اُسی — محو در فِتنہ و مجادلہ اُسی
گلھم ساکنان موتفکات — اُسی زارس گنڈان دوہ کیو رات
غرق در بحرِ فسق و شہوت و آز — خیلِ ناساز تم کبوتر باز
اُسی بد روے تم سیٹھاہ بدخوے — وتہ لٹاوان تاجرن ہر سوے
لوط پیغمبرن وُہن وُرِی تَن — پوٗر تمن وعظ تھوٗو ہس نہ کُنہ
تمو بشہرِ سدوم صبح و مسا — ناو لوکن ڈیتِن بسوے خدا
درسِ اخلاق و پاکیِ اعمال — سالہا سال تمو ڈیتھ بہ کمال
امرِ معروف و نہی منکر پور — بوزِ نادِی کوٗرکھ نا زانہہ منظور
روز تو دور از حرام و قمار — حق تعالیٰ چھ اتھ سیٹھاہ بیزار
نیکہ نے کتی چھ جنتکی درجات — سرکشی کتی چھ دوزخکی طبقات
تمو بندے وعظ گے بوٗزکھ نہ تِنہ — گے بوڈتھ زیادہ کفر و شرکس منز

---

۱۔ بدکاری اندرو۔ ۲۔ گستاخ ۳۔ لالچ ۴۔ مکار۔ فریبی۔ ۵۔ زار

اُسی در روز و شب بغیرِ زناں　　مرد با مرد رتھ بواط کراں
بلکہ لگی دپنہ اکھ اکس بے لاج　　لوطؑ سُند فرقہ گوڑھ کرُن اخراج[۱]
زہد و تقویٰ چھُ رات دوہ باوان　　پاکبازی چھُ ہر زماں ہاوان
کھوڑ ناداں چھُ ٹلی زنارِ جحیم　　ٹلی چھُ نادپہ کُے دواں اَسہِ بیم
چھُس نہ کانہہ مالُ زر نہ کانہہ ثروت　　بلکہ ناراض چھُس پنُنی عورت
جورِ اُسمتہ اوُنس نہ تمہ ایمان　　چھُس گرس منز بنیتھ سُہ دشمن جان
قوم تَس طعنہ دِتھ کراں توہین　　دَر مناجات آو صاحبِ دین
دَپنہ لوگ ربنا کروم یاری　　گےٗ زِ حد قومہِ چی تباہ کاری[۲]

سورہ ذاریات کےٗ تفسیر　　پی چھُ کوٗرمُت مُفسِرو تحریر
یتھ شبہ تِم ملک بہ نزدِ خلیل　　آیہ مہمان بنیتھ بقصدِ تعجیل[۳]
دِتت خلیلس تِمو یہ ہے پیغام　　بوز ہُس قومِ لوطؑ کےٗ انجام!
خوشخبر سارِ بے ونِتھ مضبوط　　روخصتھاہ دِرایہ ہیتھ بابِ لوطؑ
وچھ تِمو دورِ لوطؑ پیغمبر　　کھیتہ پننے اندر سُہ شہرہ نبر
اکھ قُدسی بروے نورانی　　آیہ تس نِش بہ شکلِ انسانی
برونہہ کُن پتھ کرِتھ سلاماہ تَس　　میہماں تور رُت کلاماہ تَس
لوطؑ نے کوٗر تِمن جوابِ سلام　　ڈیشتھ وُن لیے سُہ درخطرِ پیو تمام
پیوس دزطن چھُ اکھ سُندِ بانی　　چھکنہ آلودگی ہُنزے اکھ داغی

۱ - ملک بدر - جلاوطن ۲ - بد کرداری ۳ - نہایت عزت سان

پاکبازس دِلس اندر پیٚو بے — گوٚڑھنہٕ قومس لگن یمِن ہندِ پے

تم چھ جاہِل تہٕ بدنظر اوباش — برٛیدی ماگڈنی اَتھن تم واش

اوس مہمان نواز مِثلِ خلیل — ڈراو پٔرِھ ہیتھ بخانہ با تعجیل

غم ہیوتُن باوکس چھ قوم عجیب — لوٗگ توٚے وَینہٕ اَز چھ روزِ عصیب[۱]

پرزناوِن نہٕ کیٚتھہ تم اُٹھ ملک — کر تہٕ زانُن چھ آمتِن زِ فلک

گوگماں تس بخاطرِ پُر نور — یم مسافر چھ از وطن مہجور[۲]

اوس ملکن زِ طرفِ حق فرمان — لوط پیغمبرس بنیو مہمان

تس پرٛژھو حالِ فرقۂ اشرار — ژور لۆڈ تتھ ہیو تمس اقرار

قومہ سے یوٚد چھے آمرِن شامت — پرٛارِ زیو ژون شہادتن بامت[۳]

لوط بیٚلہٕ ژون شہادتن کرِ پور — تیلہ چھ توہہ قوم گالہٕ نک دستور[۴]

وَتہٕ منزٕ قُدسیو بطورِ مثال — پرٛژھکھ لوطس ژ وَنتہٕ قومک حال[۵]

تمو دوٗیچھ چھم سٕے مُشکلاه پیٚو مُت — بدترین قوم بھاگہٕ چھم اُمت

دوٗن بمیکال جبرٔیلن جل — رژہ یہ کتھ چھے شہادتِ اوٚل

دائی بیٚلہٕ شہرکس برس پیٹھ تیز — گژاو قوٗمچ ہیٚژرن کرِنی بستیز

ژاے بیٚلہٕ شہر سے اندر بشتاب — بیٚیہ لوٗگ وینہٕ قوم چھم منے خراب

گھر واتتھ ہوٗندر ہوشاتر دوٗن — قومہ کے بدمعاملت۔ بوٗن

دوٗن فرشتو بہمدگر پابند — پوٗر گے ژون شہادتن ہنز گرند

---

۱۔ هٰذا یومٌ عصیبٌ۔ یعنی اَز چھ یہ مُشکل دوہ۔ ۲۔ دور
۳۔ اجازت ۴۔ گوڈنیچ گواہی ۵۔ بدسلوکی۔

عورت خاص لوٗط کاٗفرہ اُس — ہمنوا دُشمنن سوٗ فاجرہ[1] اُس
پڑھو وچھتھ گےٚ دواں سوٗ نافرجام — قومہ سےٚ پڑھ ییک دِتن اعلام[2]
قومہ سےٚ نِش سہٕ راز تمہ کوٗر فاش — آےٚ لنشہِ لوطہٕ سےٚ سمتھ اوباش[3]
حملہٕ کرِ کرِ سُہ فرقہٕ گمُراہ — ژایہِ منزِ آنگنس بقصدِ[4] تباہ
لوطہٕ نےٚ تھوونکھ گھرک بَر بَند — ژاو دار پو کِنی سُہ قوم نژشد[5]
حالِ بد ڈیوٗتھ حضرتِ لوطن — خوفہٕ سیتین نٹیا بہٕ تس ہن ہن
عُذر خواہی کرِتھ تمن اکثر — دِپنہٕ لوٗگ پاکباز پیغمبر
منتہ کرِ توم یوٗت ووہ نی رُسوا — یم منےٚ مہمان چھم زِ طرفِ خُدا
چھِنہٕ تو ہہ رٗوس خلافِ فطرت وتھ — کاٗلنشہِ ازتام پراٗدپژ پتہٕ وتھ
یم پننی دخترانِ عصمت کیش — بارضا چھس تو ہےٚ کراٗنی پیش
ونہِ لگی تورٕ بےحیا احمق — مَالَنَا فِي بَنَاتِكَ مِنْ حَقٍّ
پرتھ خیالس اندر چھ اُسی آزاد — چھےٚ ژےٚ معلوم کیاہ چھ سون مُراد
وچھ پرٕھیو قومہ چی سوٗ ناداٗنی — لوٗط پیغمبرن پریشاٗنی
دون تموٗ تس مرحض برو پرواے — بالیقین اُسی چھ قاصدانِ خدا‌ےٚ
آو امرِ خُدا براے عذاب — سَپد سانہو اتھو پہ قوم خراب
جبرئیلن تھےٚ تُلن اکھ پر — پٹھ بُتھِنی ڈولنکھ تہٕ ژائیکھ تھر
ڈاٗجنکھ لنس تہٕ اچھ گیکھ اعمیٰ — شورِ محشر تُلکھ بہٕ آہ و بکا

---

[1] بدکار، عورت۔ [2] آگاہی، اطلاع [3]۔ بدمعاش [4] بد ارادٕ سیتی [5] سرنگوں سرگشتہ [6] اشارہ بآیہ کریمہ ھٰٓؤُلَآءِ بَنٰتِیْ ھُنَّ اَطْھَرُ لَکُمْ (القرآن)۔

عجز و زاری کرِتھ سۄن خائِب    دِپنہٕ لٔگی بخش حق سۄن تائِب
آیہٕ بر حال بوتھ برابر گوکھ    گاش بێیہٕ آکھ ژٔلی تحسرٚ کھیوکھ
گئے گھرن کنٛن وَنان بد خصلتھ    اُسی یمِن از شبس دِمو مہلت
کینہہٕ چھنہٕ غم بوقتِ صبح یمو    لوطہٕ ہندین پرٕ ژھین مُراد ہمو
تُد سیو لوطہٕ سےٚ ڈۄنکھ ووتھ نیر    ڈیرٕ تٕل ژھکھ یمو ژٕ اوٚمُت زیر
زوجہ کافرہ ژٕ ییتھی تراوُن    لعنتُ اللہ ہے سُو پتشراوُن
نیر باقی عیال ہیتھ ژٕ نیر    اَسہٕ مُلکس کرُن چھُ زیر و زبر
ییتھو شبس منٛز زمین موتفکات    سۄدہٕ واران ژٕ گرٕژھ لوٚبتھ ژٕ نجات
بوزٕ وُنی سُہ لوط بندٕ رب    گو روانہٕ عیال ہیتھ درشب
دراے تمہٕ سر زمینہٕ نشہٕ ییلہٕ دۄر    تھک کوڈکھ آکھ ڈرٕ پھٹھی صیحگ نفر
جبرائیلن یہ امرِ حضرتِ حق    نبہٕ گاشن کۆرن زمینس شق
پٔرٕ بٔیٕن ترٕوو تمیٚ زمینس تل    شہر ژۄو نوٚے تٕلی یمہٕ جنگل
بحرِ مواجہ ہے اندر چھ عیان    رۆد پانژٕم شہر بہ امن و امان
رۆد سُے شہر یک طرف موجود!    تتھ اندر اُسی واریاہ مسعود
اُسی تم از لواط رۆزتھ دۄر    پس توٚے کٔنی سپٕنی نہٕ تم مقہور
جبرائیلس لقب چھُ ذی قوت    تا فلک نیتھ گیکھ نہٕ کانہہ حرکت
اہلِ شہرن خبر لٔجکھ نہٕ رگن    گیہ نہٕ جنبش کولن ہندین ہرگن

---

١ عاجز ٢ ژٔلکھ پیٹھ ٣ اڈٕ ٤ نام تفسیر
٥ ۔ ذی قوۃ عند ذی العرش مکین (القرآن)

شونگمت شرتہ گو نہ کاشہ بیدار — حرکتاہ گیئہ نہ مشزلن اظہار !
جبرپل امپنہ نے سر ہم — کور تلکہ پیٹھ تمن سپنی برہم !
پانرہ ہتہ وری یہ چہ وتے تراون — قہر کے اہر ستی دنہ راون !
مودی ساری بقہر ہتم مردود — از غضب تروونکہ پیٹھے کنہ رود !
یم تتکی اسی سفرنے اندر — تم کنہو ستی گئے مرتہ چوں خر
اسی مست زنا تہ دراکہ بنا — گئے فنا پر قرآن وامطرنا[1]
رود نہ کاشہ نشان تہند موجود — اسی مطرود[2] گئے پتو نابود !
عملہ ہندی شامتن کورکہ لرپار — سوئی زمیں از بحیرہ مردار

# واپسی حضرتِ لوطؑ بخدمتِ خلیل

گوفنا یام قوم نافرمان ! — حضرتِ لوط آو در کنعان !
زنی تہنز گیئہ ہلاک بے پروبال — بسلامت کوڈن تتمہ عیال
لب رہائی تمو یہ لطفِ کریم — واتی خوشحال نزدِ ابراہیم
فارغ البال گئے ز قومِ جہول — در عباداتِ حق سپینی مشغول
پاک اسحاق زاو از سارہ — نازنین گلبدن سومہ پارہ
تس پتہ مدین و مداین زاو — لیک اسحاق بارسالت آو
حضرتِ لوط باخلیل اللہ — رود درکار دیں تمس ہمراہ
عالمو لیوکہ عمرِ ابراہیمؑ — گو باتمام پس سپین سقیم[3]

---

[1] وَاَمْطَرْنَا عَلَيْهِمْ حِجَارَةً مِّنْ سِجِّيْلٍ (القرآن) [2] مردود [3] بیمار

آو یلہٕ تس خدایہ سُندٕ ے ناد    سوٗ مبر اوِتھ اُنن پننی اولاد
از وَصایا[1] سپُن سُہ گوہر بار    باوُ نکھ دپنہٕ کی سپٹھاہ اسرار
وووت نزدیکھ آخر آں تس    اسمٰعیلن بہ عاجزی پرُژُھ تس
اَز رسالت حقن نبیل[2] کوٗرُکھ    وَنتہٕ کمہٕ چیز تمی خلیل کوٗرُکھ
تورِ وَوَنُس ترٛےٚ چیز یار گرِم    تم بہر حال اختیار گرِم
اولن کھیوٗنہٕ زانہہ منے برزق کم    خوش تہٕ روٗدس برزق زیاد و کم
ثانیِن ہر زماں بہ صبح و مسا    کھیوٗنہٕ ہرگز پرٛژھس سوا منے غذا
ثالثن یام پیش دَر ایام    کارِ دُنیا تہٕ کارِ مولا آم!
کارِ مولا تتیتھ منے اول پروو    بہرِ مولا منے کارِ دُنیا ترٛوو
پی وَنتھ گوٗ بندۍ رحمان تس    اَز قفس ڈراو طوطیٔ جان تس
بانیٔ مِلّتن کوٗرُن رِحلت[3]    الخلیلس اندر تسُنز تربت[4]
ڈراو دور گرِتھ زِ دارِ فنا    پَر کُبقرآن وَتِلک حجتنا
سابقین اندر لوٗبُن انعام    شہرتِ عام تہٕ بقاے دوام
مدتِ عمرِ پاک، تس بجہاں    چھی زِ ہتھ وری بہ تِی چھہ دُربستان
الخلیلس چھہ یتھہ وَنان جرِدان    تتھ شئے چھے خلیلِ حق مدفون
روٗد قائمقام اسماعیل!    شہرِ مکس اندر بہ امرِ جلیل
دَر فلسطین سُہ حضرتِ اسحاق    بانبوت سُہ شہرۂ آفاق!
اے مصفا بذاتِ ابراہیم    پَر علیہ الصلوٰۃ والتسلیم

۱۔ جمع وصیت۔ اِشارہ بآیہ کریمہ وَوَصّٰی بِھَا اِبرٰھیمُ بَنِیہِ (القرآن)
۲۔ بزرگ ۳۔ انتقال ۴۔ قبرِ شریف۔

